# بڈ ہِلی بڈ ژزی

(شمارٕ سۆمبرن)

جگن ناتھ ساگر

# انتساب

یہِ شارٕ سۆمبرن چھُسن بہٕ پننہِ رفیقہٕ حیات
سورگیہ درپدی کول المعروف رانی
منسوٗب کران
مےٚ باسان امہِ سِتۍ ما گژھِ کم کاسہٕ حق ادائی

ساگر

کِتابہٕ ہُند ناو : بڑ ہلو بڑ ثوی

مُصنِف : جگن ناتھ ساگر

کمپیوٹر کمپوزِنگ : IILS D.T.P CENTER
471-A, Sec-2, Vinayak Nagar,
Muthi, Jammu - 181205
رِنکو کول# 094191-36369

چھاپن وٕری : 2018 عیسوی

کُل صفحہ : 178

تعداد : 500

مول : ترٕ ے ہتھ روپیہ (Rs.300/=)

کِتاب میلنک پتہ:

ا۔ جگن ناتھ ساگر
امر کُٹیر، 152/14 لکھشمی نگر مُٹھی جموں 9796480376

۲۔ ناگراد ادبی سنگم مُٹھی جموں۔

۳۔ کِتاب گھر کنال روڈ جموں/مولانا آزاد روڈ سرینگر۔

| | | |
|---|---|---|
| 21. | تھوٗوٗم کٔمۍ گٔن مےٚ ون شِکون تہٕ گژاون | 35 |
| 22. | شباہ سُہ یِیہِ ہمہِ بہٕ خاب وتھرس | 36 |
| 23. | کمہِ رایہِ ڈٔدۍ پرولنہٕ، ون اتھ کونہٕ سنان چھُکھ | 37 |
| 24. | شوٕلوٗن سمسار اوسم راتھ تام | 38 |
| 25. | کنو بوٗزٕم دِلچ آواز راتس | 40 |
| 26. | تِم نغمہِ سوٕتلۍ، خوش ہوا، تِم باغ پژٲنۍ کتھ | 41 |
| 27. | میٲنہِ دِلبرٕ چانہِ روٗس اکھ اکھ پہر چھُم کربلا | 42 |
| 28. | مےٚ بس سرمایہِ غم چھُم لتس خبر چھا | 43 |
| 29. | آہ وزٲری میٲنہِ چھا تأثیر کانہہ | 44 |
| 30. | ووٗنُم واون چھُ یارس اور واتُن | 45 |
| 31. | سُے شوق انہُر شولہٕ وُن امارےٚ چھُم یاد | 46 |
| 32. | رسہٕ پٲٹھۍ کھوٚتمُت از چھُ کولن آب زبردس | 47 |
| 33. | ژوٗلا وٕنتم یہِ روتُل وہرٕ وادن | 48 |
| 34. | گژاے نٕج زُلفن دِلس کیٛاہ تام گو | 49 |
| 35. | پرولنہٕ ڈٔزِتھ پھوٕ تہٕ شمع توتہِ دزان روٗد | 50 |
| 36. | حالِ دِلِ باوَو چھِ ہالس نارٕ ژھٹھ | 51 |
| 37. | صُبحٲے صُبحٲے ییٚہِ مےٚ پتُن گام ژتبِس پیٛوم | 52 |
| 38. | ہے متہِ کوٚت پیٹھ دژا اکھ یمن نارٕ بژیہن منز | 53 |
| 39. | دزوٗن مےٚ راتس تھوٕ شمع پرولنہٕ پرکھٲوِم | 54 |
| 40. | تاہ گرٕم شوقن امارن چھُس سرابن منز زُوان | 55 |
| 41. | وہمن گمانہٕ نے منز راوٗن پھوان چھُ باضے | 56 |
| 42. | ییٚتہِ رٲوۍ سمن بل دِمو کتھ جایہِ کتھن دَل | 57 |
| 43. | لونچہِ گنٛڈۍ گنٛڈۍ چانہِ موکھِ تھٲوِم ثواب | 58 |
| 44. | چھُنہٕ وسا پھُٹرا وِینہٕ سأ واو کٔمرس دارِ بر | 59 |
| 45. | وِجہِ واوزدل ناوتےٚ گِرداب ییا راس | 60 |
| 46. | دوہ چھِ تاپٕلۍ تہٕ مَسا شام سَپُد | 61 |

# فہرست


| | | |
|---|---|---|
| | اکھ زٕ کتھٕ : جگن ناتھ ساگر | 9 |
| 1. | وِزِ وِزِ دِلس پزٕ یہٕ وُن شام وسحر منجوس | 13 |
| 2. | غم چھُ غم پیٚتراوِ ہا گوٚ ھ مےٚ آسنٕ فُرصتھا | 14 |
| 3. | یکان چھُس یہِ پننہٕ نُے مُہم چھُم رہبر | 16 |
| 4. | گُرمےٚ راتس دم شُمٲری توتہِ ماسا پھوٚل سحر | 17 |
| 5. | زٕمانس ازٕ مُدٕر آواز حاجتھ | 19 |
| 6. | بتِھس پیٹھ وٕنُس بے ووفا وَن ونم کیٚاہ | 20 |
| 7. | خاب رٕ ژھرِم شولہِ نأوِم زوٗنہٕ راتھ | 21 |
| 8. | یہِ دوٗ ربر مُشکِلاہ کوتاہ زرُن پیو | 22 |
| 9. | خوشِ پِوُن صُبح شام اوسُم دِلبرو | 23 |
| 10. | آشہِ گٲمی سبزٕ داغدارن دِل پھولن | 24 |
| 11. | کمہِ مایہِ دوٗ نمس حالِ دِل کمہِ آیہِ ژٕھٹن کتھ | 25 |
| 12. | ژوٗٹ کنڈ بو دامانہٕ کھونہِ للہِ نٲوِی دوہ | 26 |
| 13. | گُس اکھاییتہِ چھُنہٕ ہوان از یارٕ مُلی | 27 |
| 14. | پوشہِ متہِ جانانہٕ زاژہہ یتھ دُ دونس دزِ ہے نظر | 28 |
| 15. | وزُن سازس گرٕ زُن آرس مُشِتھ گو | 29 |
| 16. | سٕمےٚ کتہِ اوس ڈٲ نمبل راتھ تامتھ | 30 |
| 17. | کمہِ نارے دوٗ دگُلزار، خبر | 31 |
| 18. | زمانَن شالٕکی تارکھ ہٲوی کیٚتیاہ | 32 |
| 19. | نہٕ چھِم امارتہٕ چھِم ہاوس دُبألی | 33 |
| 20. | یہِ أندرِم حال اگر باوَوتہٕ حاصِل | 34 |

73. مےٚ تھٲوی از تام خبرٕ کتھن سوالن ہٕندی جواب رٕ چھرٕ چھ 90
74. زمانس زن گوٚمُت کیاہتام چھُ از سمسار وولئوٚمُت 91
75. بے چارٕ دِل زہرتام چاوُن پیوان چھُ مٲژی مٲژی 92
76. وائے زٕوُنچہِ بزٕ اٲثر کوٕ سنہٕ گو یہِ اِنسانس اثُر 94
77. خٕوٚنہٕ سُرٕی گلٲ ئلٲ ژٕبےٚ ماہاوان چھُ سُے 96
78. نظر ورجہ تہٕ رش زنچ عداوتھ آزماٲوِتھ دژ اس 98
79. وولہٕ وُچھ دوہلٲ ژٲنگٲ از زالان چھُ شہر میوٚن 100
80. بے چارٕ دِل میوٚنے رٕ چھرٕ چھ تھوان چھُ یم غم 101
81. یہِ دِل دٕوٚرہٕ کوتاہ ذرٕ، سُہ کتھ بالا درے بیٚوٚھُم 102
82. رٕ چھرٕ چھ مےٚ تھاٲوم چانہِ تیٚنچی آشِ یہِم نا 103
83. آسمانس رنگ چھُ ڈولمُت آفتابس کُس خطا 104
84. چھُنہٕ واو دِوان زالنٕے از ژونگ غمخانس 105
85. زِندگی ہُند سوز یُتھ بیٚیہِ ساز یُتھ 106
86. ہیٚلہٕ رٕوٚد پردن ژھلیہِ، بے ولیہِ دِلے روو 107
87. کھسَن دارس چھِ شہادت ہیے چھٲیاپےٚ 108
88. ونہٕ کوتاہ کیاہ کیاہ بہٕ ژالن چھُس 109
89. حالِ دِل ماچھُے ننن ون کیاہ کرکھ 110
90. بےٚ پژھ موٚسم، پےٚ پژھ اسمانِ چھےٚ 112
91. سینہٕ مُژ رِتھ بَس تمِس ہاوُن پییم 114
92. ہژر چھُم نا زہر کھیاوان بزٕ ژزٕ ہن مٲژ 115
93. سُہ ییہِ نا آیتن تھاوس سبز رپنٕے ہژر پنٕے 116
94. تمِس نےٚ آب چیشمن نےٚ دِلُس تس سزٕ یہہ 117
95. ہاوسن مٲژ دِل مےٚ چھُم راوان گھے 118
96. نالٲ گاٲتی شُرٕ کہ تہٕ بیٚیہِ زولانہٕ مےٚ 119
97. نال ژھیوٚ نمت ژھیوٚن مُتے دامنہٕ یُتھ 120
98. خاب کاٲتیاہ بہٕ چھُس گران تنہا 121

| | | |
|---|---|---|
| 47. | وُٹھ زبو کھٔٹِتھ کتھ ژٕ تھاوَ کھ کوٚتامتھ | 62 |
| 48. | تِم ژٕ ہی اگر رژھ تہٕ طلبگار آسہٕ ہن | 63 |
| 49. | خبر دِلس یہٕ کیٛاہ سپُد گِندان گِندانِ وُ چھاں وُ چھاں | 64 |
| 50. | وأنسہٕ وادن مران لسان ووتِم | 65 |
| 51. | نوِ آیہٕ کتھن سن تہٕ ینہٕ یم ساتھ مُشراوَ کھ | 66 |
| 52. | اکھ وأنسا گیم منساوان غم | 67 |
| 53. | وُ چھ گوٚمُت اکھتابہٕ دِہرٕ زن، شب سِیاہ | 68 |
| 54. | کتھ پٹھ مےٚ ڈٕبکٕس چھِم لیکھِتھ نِکھتے خطا واراہ | 69 |
| 55. | مےٚ ما ازتام کانٛہہ بیگانہٕ باسیوو | 70 |
| 56. | چھُس شاد مےٚ از بیٚیہٕ تہٕ سُے جانانہٕ وُچھم نا | 71 |
| 57. | دِلے ییٚلہٕ رووتہٕ کانٛہہ امار رؤدا | 72 |
| 58. | تہہ دار کتھن پیٚوان چھِم چانٛہن جواب سومبرٕنی | 73 |
| 59. | نۓ چھُم شِکوے نۓ کانٛہہ شِکایت نۓ کانٛہہ گرٕاو | 74 |
| 60. | دِلس فرحت أچھن شیہلتھ مےٚ ون گُنہٕ جایہٕ چھامیلن | 75 |
| 61. | وُتِش ژٕج یادٕ وٕترِس بیٚیہٕ تِمے ایام چھُس لیکھن | 76 |
| 62. | کِتھٕ تام پأٹھٕن بیٚیہٕ دِلچ آواز کنٕن گۓ | 77 |
| 63. | پناہ، توباہ، بیٚیہٕ گُنہٕ ییتھ قہر چھا | 78 |
| 64. | اکھ شہن ہُنٛد سِلسِلا اکھ، چھُنہٕ تماشا زِندگی | 79 |
| 65. | یان کتھ پٹھ مولہٕ ژٕنے وولتھِ کیٛاہ کوٚرُتھ | 81 |
| 66. | تِم شوق، ہوس، ہوش، حبس تھٕکھ جایہٕ ترٕ أوِتھ آس | 82 |
| 67. | سبز ریتھ شہرٕ سے اندر ورتاوان چھُ خالے کانٛہہ | 83 |
| 68. | کِتھٕ پأٹھۍ رٕ چھرٕ چھ تھوٚوُم دِل | 84 |
| 69. | حالِ دِلٕ تِس باونے رؤدُم تہٕ کیٛاہ | 86 |
| 70. | رتہٕ دأوی گیم پٕدی مےٚ آیم باگہٕ سفرٕ کتی | 87 |
| 71. | ہیٚوٚ تِم یام غم کھٔٹِتھ تھاوُن مےٚ گو دامانہٕ سری پانس | 88 |
| 72. | چھُکھ کونہٕ تھاوان شوق بیٚیہٕ امار سنبھألِتھ | 89 |

# اکھ زٕ کتھ

''نو پرتو''، ''پارٕدٕ زٕہۍ'' پتہٕ چھےٚ ''بزٕہلۍ بزٕنزۍ'' میٲنۍ تریم شارٕ سۆمبرن یَس بہٕ اَز توہہِ برٛونٛہہ کُن چھُس ترٛاوان۔ وۄمید چھُم توٚہۍ پٔروِ یہِ سۆمبرن ضرٛور۔ پننہٕ شوقہٕ یا میانہِ لیہاز وُچھو سٲ از ما چھےٚ فُرصتھ کٲنٛسی نہٕ چھِ کٲنٛسہِ کٲمے، زمانہٕ چھُنا ڈِجِٹل۔ یتھ سۆمبرنی منز چھےٚ اکھ ہتھ کنٛوہ (119) غزلہٕ، زٕ وژن، ترٛےٚ نظمہٕ یمہِ منز اکھ طویل پابند نظم ''وۄلہٕ یارٕ ژلو دوٗر'' تہٕ چھےٚ۔ وُچھوے تہٕ تیٚلہٕ چھےٚ یہِ سۆمبرن غزلو سٟتۍ بٔرتھ۔ غزل چھےٚ میٲنۍ ٹاٹھۍ صِنف۔ یہِ چھےٚ پنٕنۍ پنٕنۍ پسند تہٕ اتھ کیاہ کٔری زٕ۔ مےٚ گو نہٕ زانٛہہ غزلچہِ تنگ دامنی ہُنٛد احساس۔ قادر الکلام شاعرن ہنٛز غزلہٕ پٔرتھ چھُس بہٕ وُجدس یوان۔ خاصکر ییٚلہٕ غزلہِ ہُنٛد شعر شاعرانہ خوٗبیو سٟتۍ سجاونہٕ تہٕ معنے خاز آسہِ بناونہٕ آمت۔ دپان شاعرس چھُ تلمذ رحمانی حاصل یعنے شاعری چھےٚ اکھ فِطری دیٚیُت۔ یہِ چھُ بلکُل پوٚز مگر یوٚ تام نہٕ شاعر اکھ ہونرمند کاریگر آسہِ توٚ تامتھ گو یہِ بنگہِ دبلہِ سُون۔ لفظن ہنٛز موزونیت تہٕ مُناسبت، موزون جایہِ مۆزون لفظٕک استعمال تہٕ امہِ اسلوٗبہٕ سٟتۍ اکھ خوش یوٗن نوبر پٲدٕ کرُن گو ڈِزاین دار واجہِ مولُل تہٕ پسندید نگ لاگِتھ مول ہُرراونٕے یوت نہٕ بٔلکہِ خرید ار پسند تہِ بناوٗن۔ مےٚ کٔر کوٚشِش بہٕ کرٕہن غزل غزٕلِکس سانچس منٛزٕ ے قارٕینے یوت نہٕ بٔلکہِ سامعین برٛونٛہہ کنہٕ تہٕ پیش۔ أزۍ کِس زمانس منز چھےٚ واریاہ کتھہٕ مِثالے سِیاسی، سماجی، اقتصادی، مذہبی،

99. چھےٚ راتھ چاأنٛ شفقتھ میٲنہٕ باپتھ 123
100. أچھوٕ چھمُتھ تہِ پزٕ ناوُن سہل چھا 125
101. ازٕ چھےٚ نہٕ کُنی تٔژ سو کرلبات منٛدوربن 127
102. کوٚچھُم مےٚ دوہے کوٚچھمُت ازتام رأوی رأوی 129
103. مٔتی چھِ ازمستانن رأچھ 131
104. گیم للوان اکھ وأنسا سِتم کِتیاہ عذاب کِتیاہ 134
105. حالِ دِل یِیلہِ بوٚمَس کیٚنٛہہ ماوٕنُن 136
106. میٲنہِ دِلبرٕ حال باوے وق چھیا 138
107. یادٕ ج مےٚ نظر یانٛتہٕ گو وکانہٕ خبر کیٚاہ 140
108. امہِ ورزٕ واوے دارِ براز تام الن چھِم 142
109. شہرٕ چ یہِ رونق دِلٕ وٕچھِم وأرلنہٕ خبرٕ کتی 144
110. تَس کیٚاہ چھُ غم ازکُس سناپرارن چھُ ژُنہٕ رأژن 146
111. دِلُک حال بدلےٚ تہٕ آواز بدلےٚ 148
112. راوان راوان رأوِم دوہ رأوِم صُبح تےٚ شام ولو 150
113. سوٗر پھوٚلُمت لالہٕ زارن وٕنی زِ کیٚاہ 151
114. وٕنےٚ کُمی تٔورتےٚ مژر گیہِ جوأنی 152
115. گژاوکرکھ گس گس تہٕ واوس کیٚاہ ونکھ 154
116. چھُم چھوکہٕ لدِ دِل دیولنہٕ گوٚمُت چھُم کرٕ یوٚٹھ 155
117. یِیلہِ تارکھ نَب گُنٛز راوُن پیٚیی 157
118. میٲنہِ دِلبرٕ یَنہٕ مےٚ مٔشر اوکھ تَتھ چھےٚ میٲنٛی دژٕ ے 159
119. خبر کیٚا زِ پردن تلے پان تھاون 161
120. امانت چھُم دِلچ دُبراے تٔمی ہسٕز 163
121. میٲنہِ دِلبرٕ کینہٕ پژ وُنےٚ تژ اوسأ 164
122. یِیتہِ چھنہٕ کانٛہہ اکھ وارٕ ولو یارٕ ژلو دوٗر 165
123. ازچھُ ژنٛدن گُل ونان 169
124. فراق 173

اختلافی کتھِ controversy کرنہٕ نِشہٕ بچنچ گرٕم از حد کوٗشش۔ ووٚنی گوٚ کُنہِ ما آسہِ زبوٗ ڈٕجمٕرٕ تہٕ پیٚیہٕ توٚہہِ درگٕدر کرُن۔ میٲنی بہترین نقاد چھِ میٲنی پرن وٲلۍ۔ اگر نہٕ پرن وٲلۍ آسن تیٚلہِ چھُ لیکھُن فضوٗل اِدٕ سو کانٛہہ تہِ صنف آسِتن۔

ژٕ تھو ساگر لیکھِتھ واراہ ہُربر دے کرِ پرن والین

کھٔژِتھ سازنٛدرٕ ے وُنہِ کین ژٕ تھو توتہِ سوزٕ سازٕچ شے

دِلُک سوز ظاہر کرنس چھا چھان دوٗ سِل لاگنۍ ووٚنی گو جذبہٕ گرٕ ھِ پرٕ ژون تہٕ سرٕ ژون آسُن۔ مرٕ ھلۍ جذبہٕ چھِ نرٕتکٕ گتھ کران۔ ایٚحساس بیدارٕی چھےٚ خیالن زبو دِوان۔ یہٕ کتھ چھےٚ ضرٗوری زانٛنۍ زِ قٕہوس گوٚ ژرٕھ نہٕ نوٗن تر اوُن۔ شاعری منٛز چھےٚ مختلف صنفہٕ مِثالے غزل، نظم، ژوٗمصرٲے، مرثیہ، مثنوی، قصید، نعت، حمد، سانیٹ، ہائے کو، واکھ، شرٕکی امبک گوٚ ژرٕھ خیال یُن تھونہٕ زِ پرٕتھ کانٛہہ صنف گرٕھ پننہٕ ہیٚرٕ منٛز روزٕنی۔ کھیٚرٕ رگٕوھکھ نہٕ گوٕھنۍ۔ یہٕ آیہٕ منٛزٕ اکھ سرسری کتھ تہٕ چھےٚ یہٕ کتھ سارِنے معلوٗم تہٕ مےٚ چھُ نہٕ کانٛسہِ ہنٛدِس واقفیتس منٛز اِضافہٕ کرنُک غرض۔ مےٚ چھُ باسان کُنہِ جایہِ ما آسہِ کُنہِ لفظس علاقہٕ وادٕ پھیرُک رنٛگ کھوٚتمُت۔ تہٕ نقاد حضرات تُلن نہٕ اتھ پٔتھ مےٚ کُن اوٚنگج۔

یٚیتہِ چھُنہٕ کانٛہہ کانٛسی پٔتھ قلم تُلان۔ مگر بہٕ کرٕ مودبانہٕ گذٲرِش نقادن زِ تِم تُلن یتھ میٲنہٕ غزلہٕ سوٚمبرنہٕ پٔتھ قلم۔ پانس ما چھےٚ پننہٕ خامیہِ لبنہٕ یِوان۔ اوے تہٕ چھُس چشم براہ زِ میٲنین خامیین تہِ کوتاہین ہنٛز گرِ تو نِشاندٕہی بہٕ ونہٕ ہا تتھ پٔز یارٕژ۔ کِتاب چھاپنس گوٚ مےٚ رژھ کھنٛڈ ژیرٕ یٚیمیُک وجہہ یٚیمہِ سوٚمبرٕنی ہنٛز نظم ''فراق'' توٚہہِ برٕونٛہہ کنہِ ظاہر کرِ۔

بہٕ چھُس پننین تِمن تمام بہی خواہن، دوستن، ہمدردن، رُت کانٛچھن والین، دگدارن، انگن أشناون ہُنٛد مشکوٗر ومموٗن یم یتھ سوٚمبرٕنی بے تٲبی سان

اِنقلأبی، اِخلأقی، نفسیأتی، وِجدأنی، شعوری، لاشعوری، غأرشعوری، جدید یتہٕ یا مابعدٕ جدید یتہٕ وِنہٕ منز منز وقتک تقاضہٕ تہٕ۔ ازچھِ نوٚی نوٚی پوشاکہ تہٕ نوٚی نوٚی فأشن آمتۍ یہٕ چھاضروٗری زِ پرٛتھ کُنہٕ کتھِ لاگوأسی صرف غزلک وردن۔ یہٕ غزل بچأر (غزلس مذکر لیکھُن چھُم غزلس ستۍ زیادتی باسان) اگر صرف غزلے روزِ ہے کیاہ جان گیو و۔ توٚے پیوم لیکھُن:

یہٕ ساگر غزلس جران رنگ غزٕلکی

مےٚ انداز لکھٕنک جُدا ون ونم کیاہ

مےٚ کٔر یتہٕ کوٗشش زِ میأنی غزل گژھہ نہٕ سأری پلو کڈِتھ ننگہٕ روزٕنی۔ مےٚ کٔر کوٗشش زِ یہٕ گژھِ زنانن ستۍ تہٕ مہذب کتھ کرٕنی۔ غزلہِ گوٚژھ غزلہِ ہُند رنگ بھرپوٗر پأٹھی روزُن مگر عامیانہٕ رنگس منز گژھنہٕ رنگنہٕ ینۍ۔ پتاہ چھُم نہٕ زِ یہٕ کوٗتاہ روٗدُس اتھ وتہٕ پکنس کامیاب۔ ابہامچہِ وتہٕ پکنس کریوم اجتناب کتھ حدس تام بچیوس تہٕ ہکن پرن وألی ؤنتھ۔ وونی گو اِشارن منز یاوٕلتھ کتھ کرٕنی چھا کانہہ جُرم:

چھےٚ جذبن تہٕ اِحساسن دِنی پوان زبو

پزر بوز یہٕ چھےٚ حأصل زِندٕگأنی



سوالو عطا کوٗر بقا یتھ جہانس

جوابو دِتی گرجہٕ، مسجدٕ تہٕ مندر

جذبن زبو دِتھ اِحساس اکہِ خاص منظوٗم طریقہٕ باوٕنی گیہ شأعری۔ اگر تگہِ تیٚلہِ بنہٕ یہٕ زِندٕگأنی ہُند حاصِل۔ وونی گو شرط چھُ زِ باونک طریقہٕ کوتاہ اثردار روزِ تہٕ کتہٕ ہن کرِ پانس کُن متوجہٕ۔ مےٚ باسہِ پنٕنی غزل تیٚلی رٕژ ییٚلہِ اتھ مقبوٗل عام حاصِل گژھِ۔ پنٕنی کٔرم کوٗشش زِ یہٕ ونہٕ ہاسوے کتھ یس میأنن بوزن والین پسند ییہ۔



وِزِ وِزِ دِلس پزٕیہِ وُن شام و سحر منجومس
فِکر و غمو روسُتے اکھ اکھ پہر منجومس
بختن مےٚ عاأنِ وقتس پیٹھ کوٚر دغا أزیکتام
ییٚتہِ آسہِ خوش بختی مےٚ تہِ سُے شہر منجومس
صحراو، بنٛجر تہٕ واأران آباد ون گرِم نا
پُر آب بیٚیہِ شاداب بحر و بر منجومس
کوٚت تام روزِ پھیران آوارٕ شبستانن
اکھ پوشہٕ وُن تہٕ شوٗبہٕ وُن دیوار و در منجومس
اِنساأنیت تہٕ گژھ ہر طرفہٕ وہ لسنس بس
خاأرس چھُس بہٕ توشان زانٛہہ ما شر منجومس
خاأرات ماے موحبتھ بیٚیہِ اکھ خلوٗص دِیہِ نا
قلمس سبزٕر کلامس سوٚن نوٚن اثر منجومس
ساگر چھِ أسی ساأری ساأیل سُہ داتہٕ پانے
بہٕ تہِ منگہٕ وُنا برس تل دردِ جگر منجومس

پزاران اُسی۔

اُخرس پیٹھ کرٕ یہِ پننس ٹاٹھس عزیز اوتار ہُگامی صابُن دِلچسپو عمیق سنز وپٹھ شُکر یا یمو یہِ یہِ سوٚمبرن چھاپہٕ نووُس۔ تِہندے بھیہٕ وُنی تو بازورٕ گوٚنڈ مےٚ کمر یہِ کِتاب چھاپنہٕ باپتھ۔

رِنکو کولس کیاہ ونہٕ یُمؠ ہتھ کامہِ ترٛ اُوتھ یہِ سوٚمبرن کمپیوٹرایز کُر۔ ہے رِنکو جیس نِشہِ چھُ سنگدِل ڈاکٹرن ہندی پاٹھی نمبر لگان، مگر میانی خوش بختی تہٕ تمیُک سٕنز فراخدلی موکلووُس یہِ لانہِ منز بیٚہنہٕ نِشِ۔

جگن ناتھ ساگر
امر کٹیر 152/14 لکشمی نگر
مُٹھی جوٚم 181205



شورِ شر بُتراٗژ وۄزِمُت کٔمۍ سنا از ژوپارۍ
وۄہے ژٕتس بہِ تہِ پاوٕ ہا گرٛھ مےٚ آسنہٕ فُرصتھا

یتھ سفرس منز پیون واتُن چھُ منزِلس کُنہِ تہِ پاٹھۍ
چون کرم تھکہٕ ناوٕ ہا گرٛھ مےٚ آسنہٕ فُرصتھا

لہرِ گٔنزران روو دوہ گٔنزران تارکھ رآو رات
داغ وچھِکھ گٔنزراوٕ ہا گرٛھ مےٚ آسنہٕ فُرصتھا

از چھُ ساگر رووُمُت یۄٚتہِ اعتبارس اعتبار
تۄتہِ دزٕ ے چانٕہ ہاوٕ ہا گرٛھ مےٚ آسنہٕ فُرصتھا





غم چھُ غم پیٹراوِہا گأرٕھ مےٚ آسنٕ فُرصتھا
رازِ دِل بہٕ تہِ باوِہا گأرٕھ مےٚ آسنٕ فُرصتھا

نارِ صحراوس اندر کتھ چنٕچ گَرِنی گوناہ
ژالہِ اوٗش زن ترٕاوِ ہا گأرٕھ مےٚ آسنٕ فُرصتھا

دِل رچھُن بس چون ہیٚو ونتہٕ دِلبر زانہِ کُس
بہٕ تہِ یہِ وَل ازماوِ ہا گأرٕھ مےٚ آسنٕ فُرصتھا

زانٕہہ کوٗرُم ما ولیہِ تھُوٗ مےَ پیٚش کش ہے یِی ووٗنتھ
کیٛاہ نہ بیٚیہِ پیٚش تھاوِ ہا گأرٕھ مےٚ آسنٕ فُرصتھا



کٔر مےٚ رالتس دم شُمأری توتہِ ماسا پھوٚل سحر
شیرِ لأجم بیقرأری توتہِ ماسا پھوٚل سحر

سوچہِ ہے دِل واے دبماۓغکی پأٹھی ژلہِ ہن ۓکتیٔ ٹھٔری
آزمأوِم نوٚسخہِ سأری توتہِ ماسا پھوٚل سحر

کٔیاہ تہِ زن کرِہو فریبس تھوٚو جنوٗنس عقل ناو
تُج نخقے ۓکۍ خأری توتہِ ماسا پھوٚل سحر

رأتی رالتس آسمانس رأسی گیہِ تارکھ ژےٚ کٔیاہ
کٔر میٚے یوت آہ و زأری توتہِ ماسا پھوٚل سحر



پکان چھُس یہِ پنہٕ نُے مُہم چھُم رہبر
مےٚ کیٛاہ کرِ گیلِٕن مےٚ دِل چھُم سمنٛدر
مےٚ مونُم خضر آسہِ وتھ کأنٛسہِ ہاون
بہٕ کتہِ پڑھ کرس زانٛہہ بہٕ ماچھُس سِکنٛدر
پکُٕن لولہٕ والیٚن ءِستٕی گٔیہٕ بدل کتھ
مگر واتناون چھُ مٔنزِلس مُقدر
سوالو عطا کوٚر بقا یتھ جہانس
جوابو دِتٕی گرجہٕ، مسجد تہٕ منٛدر
تلاطُم زمانک قرار کُنہِ ذرس چھا
کران زِنٛدٕگانی چھِ عالم معطر
تھوو دارِ پٔتھ کُنہِ اگر ژوٚنگ زالِتھ
مےٚ باسان یتہِ کرِہن کھنٛڈ مُنور
ژٕ ساگر وٕنِتھ ؤٹِتھ أچھ مہٕ تھاؤوِ
چھُ روزان اکثر ژٕپھ دِتھ ندہر



زمانس از مٔدٕر آواز حاجتھ
دِلن کُیت سوز کٔن رُت ساز حاجتھ

ژٕ ےٚ چھےٚ زٕو کھوتہٕ واراہ ٹوٗٹھ جنت
متوٕو اتھ چھےٚ الگ پرواز حاجتھ

مرُن کٔمی سأ وۄنُے ہے زُونہٕ باپتھ
زٕبس مرنس چھُ اکھ اندازٕ حاجتھ

گٔٹِس منٛز یوٚد ژٕ ہاوکھ گاشہٕ لٕتھ اکھ
خوٚلوٗصُک اتھ مگر آغاز حاجتھ

تھلکھ کُن زۄن پلکھ ییٚلہِ منٛزِلس کُن
چھُ سفرس منٛز تہِ اکھ دمساز حاجتھ

چھُ موحبتھ، ماے، شفقت بٔڈ عبادت
تۄے محموٗدسٕے ایاز حاجتھ

چھےٚ ساگر زِندگی بس اکھ سفر بس
چھُ اتھ بس لول تے بیٚہٕ ناز حاجتھ

دگ چھےٚ بُتراٚ ژہارے وِزِ وِزِ سینہٕ اتھ ژوٹ سرحدو
اتھ لمن لونچن چھِ ساٚری توتہٕ ماساٚ پھوٚل سحر

چون تصوٗر اکھ اٚچھن تل عالماہ زن ویوٚ دتہٕ پریوٚد
آیہِ بۍ بۍ اٚشہِ ٹاٚری توتہٕ ماسا پھوٚل سحر

زِندگی ہُند یہِ دوہ غنیمتھ ونتہٕ کس پیٚچھ خبر
مےٚ تہِ ہاویہِ سخ ہُشاٚری توتہٕ ماسا پھوٚل سحر

دردِ دِل ساگر مےٚ ازتام تھوٚو کھٔٹِھ کھٔٹِھ کیٛاہ ونے
دژاو کیٛاہ اتھ رازداٚری توتہٕ ماسا پھوٚل سحر





خاب رٔژھرِم شولہِ نأوِم زۄنہٕ راتھ
منز أچھن اِ نیٚندرِ سأوِم زۄنہٕ راتھ
مُشکہِ ادفر کونگہِ پھُلےٚ بیٚیہِ کارتِک
کٔمی سنا اوٚت ولتہٕ نأوِم زۄنہٕ راتھ
یَتھ شہرس منز چھِ واراہ ژھلیہِ ہلی
فنٔد کٔرِتھ کٔمی تنٔبلأوِم زۄنہٕ راتھ
ژٔلی دِنتھ دژاو واو پوشن شیٚچھ وتٕر
گٔلی مٔرِتھ کٔمی نیأوِ نأوِم زۄنہٕ راتھ
تارِکن ژٔلہِ لار پیٚیہِ کوٚت تام ژٔلی
آلوِتھ کٔنی زن مےٚ ترٔأوِم زۄنہٕ راتھ
چھُم نہٕ کانٛہہ جایِ بیٚتِھن لر ترٔاوِ ہا
گٔنٹڈی تھٔرِ بن پیٚٹھ توتہِ چھأوِم زۄنہٕ راتھ
اِ چھُ صحراوس اندر ساگر ہیٚتھ
لونٛچہِ گٔنٹڈی گٔنٹڈی توتہِ تھأوِم زۄنہٕ راتھ



بُتھس پیٹھ ونس بے وفا وَن ونم کیاہ
ونس ژیٔنے کوٚرتھم جفا وَن ونم کیاہ
پرٛژھس لول شوٗبیاہ کُنٛن زانہہ تہِ دیارن
گُریاہ اتھ تہِ کانٛہہ مرحبا وَن ونم کیاہ
پرٛژھس کوٚ ژٕ گنٛدان معصوٗم دِلن چھکھ
یہِ چھا شوق کِنہٕ اکھ ادا وَن ونم کیاہ
اگر زانہہ مےٚ کرِہے مروّت رفاقت
یہِ کمہِ شوقہٕ کرہس دُعا وَن ونم کیاہ
دِپِچ کیاہ مےٚ حالت سِتم سوٚن مےٚ کوتاہ
یہٕ پرٛژھس چھُیا کینٛہہ پتاہ وَن ونم کیاہ
یہٕ زن لیکھ راتس افسانہٕ ہجرٕکی
یہٕ زن تھاوِ دزوُن شمع وَن ونم کیاہ
یہٕ ساگر غزلس جران رنگ غزٕلکی
مےٚ انداز لبھنگ جُدا وَن ونم کیاہ



خوش یِوٗن صُبح شام اوٗسُم دِلبرو
مٹہِ نہٕ کاتھہ اِلزام اوٗسُم دِلبرو
کارِ تیٚکۍ زوٗن کوٚنگہٕ وار بن پھُلے
کیاہ نہٕ خوش اندام اوٗسُم دِلبرو
سُے بِہتھ موے خانِسے منز ڈاپھ دِتھ
نالِ یَس احرام اوٗسُم دِلبرو
از یسنز تصویر دیوارن مرِتھ
شہرِ گام بدنام اوٗسُم دِلبرو
پتنہِ اتھِ مُلہٕ مایہِ کوٚرمس گو اتھ
سون دپان چھِس تژام اوٗسُم دِلبرو
مالہِ ہیتھ پژاران یِمس از پیٚٹھ وتن
لالہٕ پھوٚل گُمنام اوٗسُم دِلبرو
اوس ساگر وولسنس آمُت تیمِس
خالی ما سآ جام اوٗسُم دِلبرو



یہِ دۄربر مُشکِلاہ کوتاہ زرُن پیو
خبر کیٚاہ کیٚاہ ازتامتھ کرُن پیو

سرانٛچ شے تھٲوِتھ پیٚیہِ ترٛیش ہُرِنٕ
وٕنۍ کیٚا گو اوٗش اگر پیٚالن برُن پیو

یمن تہٕ دار کتھَن مژ معنہِ کیٚتاہ
ئرِتھ، سوٗنٛچِتھ تہٕ بیٚیہِ سوچُن سرُن پیو

وِہُل اوس شام رِنٛج أس راتھ واراہ
مےٚ کر دیُت باس مگر أندری ہرُن پیو

کلس ژنہِ رِکھ گٲرِتھ دژاٮ۪تی چھِ سأری
یہِ وُچھ گٲمی أخرس گس گس مرُن پیو

ئدِر وولیوو قہر لہرو چھُ تُلمُت
چھےٚ آبَس ریٚہہ مگر تارس ترُن پیو

وٕنِتھ ساگر چھےٚ ما گٲنٛز شیٚچھ زمانس
صنم نوٚو نوٚو أمِس وِزِ وِزِ گرُن پیو



کمہِ مایہِ وۆنمس حالِ دِل کمہِ آیہِ ژٲٹن کتھ
أچھ ٹٲرۍ وُچھِتھ میٲنۍ کٔمۍ سۭنزِ دایہِ ژٲٹن کتھ

دۆپمس یہِ کرِ ہے نظرِ ورشُن ناز رویس از
یامتھ یہِ بوزُن تام زُلفچہِ گرٛایہِ ژٲٹن کتھ

کمہِ آیہِ زُوَن پوشہِ مدن ونتہِ سیٛکلہن مٔز
وۆنتم نہٕ کہیٛنٛہہ ہے خبر کمہِ رایہِ ژٲٹن کتھ

کُس اکھ نہٕ ژٕے نِشہِ دِل پھُٹن از ڈٲلی ہیتھ آمُت
وۆنۍ رۆد یمن ونتہِ کیاہ سرمایہِ ژٲٹن کتھ

ٲمۍ چانہِ موکھہِ ییٛتہِ رتہِ ٹیٛنڈہو پوشہِ ہلم بٔرۍ
تَس کیاز گاٲمتۍ ماٗنزِ گُلو از ضایہِ ژٲٹن کتھ

گَس گَس نہٕ صبر راوِ رُتھ، گَس گَس نہٕ دِیُتھ برٛم
پرٛژھمس ژٕ روزن کیاز پردن ژھایہِ ژٲٹن کتھ

ننہِ وانہِ کران از چھُ ساگرؔ چانہِ لولچ کتھ
ینہِ گیٛلنم اتھ وۆنۍ پننۍ ہمسایہِ ژٲٹن کتھ



آشہِ کُمی ہشزِ داغدارن دِل پھولن
سرٛیہہ دِلس چھا بالہِ یارن دِل پھولن
بے قرأری منز ہیچھتھ ہرگاہ زُوُن
مارِمتہِ تیٚلہِ خارِ زارن گُل پھولن
چانہِ ہیٚنہِ ہیٚن ووٚلسنس شام و سحر
چانہِ روٗس ما شالہِ مارن گُل پھولن
شِکوٕنےِ ہنٛدی حد مُقرر تمیٔ ووٚنم
لۓ تھوکھ ہتی دِل ہُشارن گُل پھولن
دِل چھُ رہبر چھُنہِ خضر کرِ اِیٚتبار
شوق دِیہِ مِضراب تارن دِل پھولن
زوٗنہِ ووٚزمےُ گاش کتھ مَسوَل ونس
لولہِ کُمی ہنٛدِ ووٚنی وُجارن دِل پھولن
ڈٲنجہِ تھو ساگر یہِ أندرِم زیر و بَم
بوز چانٛہن لولہِ شارن گُل پھولن



کُس اکھا ییٚتہِ چھُنہٕ ہوٚان از یار مٔلی
ساز مٔلی، آواز مٔلی، اِظہار مٔلی
أسی کرتام ناگ سورٕگکی ییٚتہِ وُزان
از ہیٚوان چیٚنہٕ آب تامتھ یار مٔلی
وُچھ تہٕ محأفظ خانٕسے منٛز چھُنہٕ درٕج
کُمٔ سنا ہیٚتی سأنٛی تَم دستار مٔلی
سیٖنہٕ تارکھ نب مےٚ زخمن چھا شُمار
اوٚن نہٕ کأنٛسی أکی مےٚ کیٛت بُلغار مٔلی
جانہِ وارن نےٚ چھُ سرحدنے بُنٛدِش
أسی گنٛڈان بنہٕ ہیٚیہِ ہوٚان گنٛڈی تار مٔلی
یارٕنے ییٚلہِ ہانٛژھ لأجکھ کتھ ژٕٹکھ
أسی تَم کَم تام یِمو ہیٚوٚت نار مٔلی
چھےٚ بتُر قلمس ژٕنےٚ ساگر جان گو
چانہِ روٚس ییٚتہِ ہیٚیہِ تہٕ کُس آزار مٔلی



ژوٚٹ کنڈٕہو داماںٕہ کھوںٕہِ للہِ نأوی دوہ
کھوٚٹ أچھن منٛز اوٚش تہٕ اِدٕ وولسأوی دوہ
نےٚ چھُ روٚف ووٚنی نےٚ نٔژُن نےٚ کانٛہہ گنڈُن
ورزِ واوے کٕمی نہٕ أکر منسأوی دوہ
چھُنہٕ نین منٛز از ءکٕہن وایان نےٚ
أمی پہلی گٕڑ کتھ کُلس تل سأوی دوہ
سُے سِیاہ شب یادِ وٕترس چھُم کھٕنتھ
مئون طالع تٕمی مےٚ تیٖتھی پُشرأوی دوہ
بوز سُقراطس تہٕ پیوٚ نا چوٚن زہر
اسہِ مگر گنڈٕی لونٛچہِ غم اسہِ نأوی دوہ
مئون دُنیا ڈٕدونا باسان چھُ از
أسی کم تامتھ یمو ییٚتہِ چھأوی دوہ
کٕری نہٕ ساگر شِکوٕ یارن در دِلن
وُچھ بٕژر کیاہ گو کبتھٕ ازمأوی دوہ



وزُن سازس گرٛزُن آرس مَشِتھ گو
پکُن واوس دزُن نارس مَشِتھ گو
ژھٹان چھِنہٕ پوش کُنی از مُشکہٕ ادفر
پھولُن کرتام گُلزارس مَشِتھ گو
بہٕ زن پڑارس از کُنہٕ جایہٕ خلوکھ
یُنُے زن اور دِلازارس مَشِتھ گو
یتھُے موٗل نافہٕ مَسولہٕ زوٗنہٕ گاشس
سِتم کرٕنُے سِتمگارس مَشِتھ گو
محل یم یادٕ وٕترِکی آوٕسیمتی
وُنُن کیاہتام مدنوارس مَشِتھ گو
دِلُک دُنیا وُچھُم تائبِن نظرن
اَوے کرٛیشُن مےٚ دیدارس مَشِتھ گو
وُچھِتھ ساگر ژٕپے کر دٕریاو سیکلین
اَوے یُن اور سبزارس مَشِتھ گو



پوشہِ متہِ جانانہٕ زانٛہہ یتھ ڈٕدونس دزِہے نظر
نارٕ دۄد کٔتاہ، رۄد کٔتاہ کٔژل ؤنس دزِہے نظر

زِسۍ وجوٗدٕکۍ، یم سِیاہ چاہ دیُت کسُنٛد کٔمۍ سُنٛد کرم
چھس گوٚمُت دم پھُٹُ بہٕ ژیٚنۍ رۄس باوٕکس دزِہے نظر

زاگہِ رۄزِتھ چھُم شہن اۄنٛد پوٚکھ تہٕ دُشمن ''واو'' چھُم
میٛانہِ لرِ دِژ دۄژتھ اٮ۪ی دوہہ دِشہِ پشس دزِہے نظر

میٛانہِ متہِ تھأوِم دوہے پٔژتھ دارِ پیٹھ زأجِتھ شمع
ناو چوٗنٕے تھوٚو مےٚ توٚن لیکھِتھ برس دزِہے نظر

راتھ باپتٕ أس کمہِ تام آشہِ زوُنُم پھوٚل سحر
ماے میٛأنی پھیرِ نٕے موٚژگ مےَ وَیس دزِہے نظر

چھس پشیمان گو اثرُ کرتام شاید میٛانہِ ڈٕسۍ
نتہٕ لیکھِتھ اوسُم مےٚ ماتیٖی طالع ہَس دزِہے نظر

گردِ بُزۍ گأمتۍ چھِ یوٚد صحراو چیٚشمن ہٕنٛدۍ مگر
چھس بہٕ ساگر توتہِ کٔتاہ أکۍ بےٚ شبس دزِہے نظر



کمہِ نارے دۆد گُلزار، خبر
وارِ روزِیا میۆن سمسار، خبر
عارِ رٔسی تِس ونہٕ ہا بو حالِ دِل
"مٕژِ مو کھار" دِپہِ ینہٕ مار، خبر
گو سٔری پٔتھٕ بٔری یِم مے خانے
پھٔری اتھٕ ما گو ما پھیٖار، خبر
تِہُندِ باپتھ لوگُم داوس پان
گٔمی ؤنٕنس میٖانٕی آزار، خبر
وادِ تٔمی سُنٕد رِکھ زن پیٹھ آبس
کرِ لولس تہٕ ما باپار، خبر
چھُنہِ جرٕہس جامن زۆنہٕ گاشس
پھرِ بُتھ ما، کرِ اِنکار، خبر
پرٛژھ تہٕ ساگر واوس بَس اکھ کتھ
خوش ییہِ سا چون گُفتار، خبر



سمٕے کتہِ اوس ڈٲنٛمبل راتھ تامتھ
نہٕ اوس طالع مےٚ شاپل راتھ تامتھ

سو شیرٕپن زبو تیسٕٛز، زُوِنٛچ بشارتھ
کتھن اوُسس نہٕ کانٛہہ رل راتھ تامتھ

خبر لتس کیٛازِ گاٗمٕژ میٛأنٛز دٕے از
بہٕ اوُسس لتس أچھن تل راتھ تامتھ

دیان انہار گُفتار لتس چھُہ ڈولمُت
ییٛمِس نٔے اوس دِلس مل راتھ تامتھ

ژٕوواپاٗری از وتن بورٕوٕد وتھرِتھ
یہٕے وتہٕ آسہٕ شیٛتل راتھ تامتھ

وسان اسمانہٕ اوس بارانہِ رحمتھ
وِسان اوس فرشِ مخمل راتھ تامتھ

سٕہ دُنیا ایٛتبارُک روو ساگر
نہٕ اوس دُل میٛل نہٕ گانٛگل راتھ تامتھ



نۂ چھِم امار نۂ چھِم ہاوس وُبألی
مےٚ ژھۄمتی جامہٕ صبرٕکی از چھِ نألی

رٔچھِتھ تھأوِم أچھن منز خابہٕ اثبر
وچھو تأبیر یَمن کیٚاہ نیرِ کألی

گُمانن وسوسن ہُنٛد عالماہ اکھ
ژےٚ یم کوکل مےٚ وَن کُمۍ أکی سنٛبھألی

تھوَس دِل بڑوٚنٹھِ کنہِ پرُٚژھنم مےٚ ہرگاہ
ونس چھےٚ میٲنہِ دِلبرِ میٲنۍ ڈألی

کتھن کوسم اتھن از مأنٛز جرٕہس
ہیٚیم نا مٔلی تیٚیم نا یٔوری سألی

"دما ٹھہراو کرکھ نا" ونہٕ بہٕ واوس
تمِس چھُم یُن مےٚ وتہِ ژأنٛگی زألی

سروٗرُک اکھ برُٛژرا ساگر غنیمتھ
أچھن تل چھُم مےٚ اکھ دُنیا خیٲلی



زمانَن شأﻟﻜﮭ تارکھ ہأوی ٕکتیٲہ
کھٕٹِتھ یٕم داغ سیٖنٕکی تھأوی ٕکتیٲہ
دوٕہَس گٔنٛزرأوی دوٕہے بزٕثرٕ شام تامتھ
نٕبکی تارکھ شبَس گنٛزرأوی ٕکتیٲہ
گٔرٕم باوَتھ مےٚ ما زانٛہہ، ژول کوتاہ
دوٕہے کھٕٹٕ کھٕٹٕ مےٚ غمٕ وترأوی ٕکتیٲہ
ووفا یٚیتہِ کتھ وُچھُم یٚیتہِ بُتھی چھہِ بدلن
گٔرِتھ مُلہٕ مایہِ وس پڑکھأوی ٕکتیٲہ
دِلن کٕڈٕ ووٕٹھ پھرٕ کان چھُم پھوٚر کرس کیٲہ
امارو سوچہِ سوٚتھی نہنأوی ٕکتیٲہ
خبر واون ؤٕنم ینہٕ تِہٕنٛدِ ینہٕ پچی
تنے میٚے ژِہی تہٕ بزٕثرٕی وولسأوی ٕکتیٲہ
صبٕر ساگر چھُ کوتاہ لولہٕ والبن
سِتم گارو سِتم ازمأوی ٕکتیٲہ



تھۆڑم کٔمۍ گَن مےٚ ون شِکون تہٕ گژاون
مےٚ کر بُلرأوی زٕخم یَم سوٗنتہٕ واون
نِیت ڈٕجِژ چھےٚ شاید نو بہارس
نہٕ پوشن کژاو نہٕ خوشبو بأگراون
تماشن ہُنٛد شُرٕبن چھُنہٕ مأل بِلکُل
چھِ شانٛدس تل قلاشن کوپ تھاون
دِلس تے زیوِ ہِشر ما از چھُ یارن
تَوے چھِنہٕ راز أنٛدرِم کأنٛسہِ باون
یِمو یۆر لول لولس وأنٛسہِ ازتام
وُچھان تِم از چھےٚ بِکتھٕ پأٹھۍ نظر راون
برن ہأنٛکل تہٕ دارٕبن تأری تھأوِتھ
مےٚ ون یَم گٔتجہِ کتہِ ووٗنۍ ڈیرٕ ترٛاون
وُچھِتھ ساگر زمانٕچ بے نِیأزی
اسن گاہے تہٕ گاہے ووٗش چھُ ترٛاون



یہِ أنٛدرِم حال اگر باوَو تہٕ حاصِل
ہلم لتس بڑوٕنٛٹھ کنہِ تڑاوَو تہٕ حاصِل

کرو سوسرائے وُٹھن، لتس نظرٕ پھہرن
پلن ءتؔ کلہٕ اگر چھاوَو تہٕ حاصِل

ستھے ییٚلہِ رأو کتھن روو معنہِ مطلب
اتھن ہٕنٛدی لال مولہٕ ناوَو تہٕ حاصِل

چھُ کس از آب چیٚشمن بیٚیہِ دِلس سرٕیٚہہ
مژٕہلی یم شوق ووٕلساوَو تہٕ حاصِل

مُقدَر شانٛد تھأوِتھ ڈایھ تڑاوَو
اتھن ہٕنٛدی ژأنٛگو ژھوٕراوَو تہٕ حاصِل

گُلو للہٕ نوو شبنم لولہِ تہٕ پرٕژھ ہس
دِلکی یم چاکھ کھٕنٛتھ تھاوَو تہٕ حاصِل

پوٕان تھاوُن چھُ کیٚاہ کیٚاہ یاد ساگر
یہِ پکٕہک غم مشٕراوَو تہٕ حاصِل



کمہِ رایہِ ڈِدِک پروانہٕ، ون اتھ کونہٕ سنان چھُکھ
پننٕ تہِ از بے گانہٕ، ون اتھ کونہٕ سنان چھُکھ

پرٛتھ طرفہٕ اؤبُر، زانٛڈ کڈان واو پکھن واش
زُوٕنکہٕ یِمَے سامانہٕ، ون اتھ کونہٕ سنان چھُکھ

أندی پکھی عجب عالم تہٕ حدِ رؤسی میٔانہِ دِٕلکی شوق
چھِی نالی ژہتہِ زولانہٕ، ون اتھ کونہٕ سنان چھُکھ

صحراو، ترٛر، تاپھ، دزان دوہ تہٕ وُہان راتھ
کُس لیکھِ یِم افسانہٕ، ون اتھ کونہٕ سنان چھُکھ

تقدیرِ یِٔکی بزمہٕ روو، بزٕٹزن منز سُہ بنیوو شاہ
وۄتھ کیٛاہ نہٕ لتس اسمانہٕ، ون اتھ کونہٕ سنان چھُکھ

چھوٚن نوٚن بہٕ ماچھُس اؤش مےٚ چھُم سرمایہِ أچھن منز
أندی أندی فقط وأرانہٕ، ون اتھ کونہٕ سنان چھُکھ

ساگر ژٕرٛے نَے چھِے نال نَے چھے نوٚر تہٕ گیلی کُس
ییٚتہِ کس چھُ اؤر دامانہٕ، ون اتھ کونہٕ سنان چھُکھ



شباہ سٕہ ییہٕ ہم بہٕ خاب وتھرس
وتن بہٕ سوٗنبل گولاب وتھرس

بےٚ شوٗنگی پأٹھن اگر مےٚ سمکھم
بہٕ چیٚشمہٕ صحرأوی سراب وتھرس

اگر نہٕ سپرس مےٚ فاش سپدم
بہٕ پوشہِ قدمن شباب وتھرس

تسِنز یہٕ شۍ چھم وونِس مےٚ شہلتھ
رٕ چھِتھ مےٚ تھوٗوٕتی حُباب وتھرس

سپزٕ نہٕ منگنس مےٚ زانٛہہ اِجابت
بہٕ تو تہِ ساگر ثواب وتھرس

گرٕینٛد کَرٕنۍ دُشوار باسن چھُم غمن
تارکَن شُمار اوُسم راتھ تام

تیٚوٗل مےٚ للہٕ وُن واے رووُم وۄن تَسُنٛد
کَتہٕ مشن انہار اوُسم راتھ تام

دردِ سر دردے جِگر للہٕ وان چھُس
دِل مےٚ ما بیمار اوُسم راتھ تام

چھُس بہٕ ساگر از اگر چھوٚن نوٚن مگر
شوبہٕ وُن گرٕبار اوُسم راتھ تام





شوٗلوٗن سمسار اوٚسم راتھ تام
بے وفا ہا یار اوٚسم راتھ تام

ہرِ بزٕ وٕنٹھے از مے ززریوٗمُت چمن
سوٗنت خوشبودار اوٚسم راتھ تام

بے قرأری چھُم مے آہٕژ باگہِ زن
کانٛہہ تہِ ما آزار اوٚسم راتھ تام

چھُم نہٕ ییٚتہِ کانٛہہ دردِلا ووٚنی نظرِ تل
کانٛہہ نہٕ کانٛہہ دگدار اوٚسم راتھ تام



تِم نغمہٕ سوٚتھکۍ، خوش ہوا، تِم باغ پزٲنۍ کتھ
از دِل گٔمتۍ سنگلاخ دِٕلکۍ داغ پزٲنۍ کتھ
تِم ریٚشۍ نہٕ گٔنۍ عاصہ حیٚسوَ ٲسۍ ڈٔکھراوان
نےَ گوپھِہ، نےَ کانٛہہ ساد، تِم وٲ راگ پزٲنۍ کتھ
ییٚتہِ رٲتۍ راتس نب چھُ دزان دوہلہِ دزان وتھ
ووٚنۍ کتہِ چھِہ دزان ژٲنگۍ دیپک راگ پزٲنۍ کتھ
نےَ کانٛہہ پران گُلریز نےَ کانٛہہ از چھُ شاہنامے
سُے وندِ، پوٚشِن شین تےَ پوہ ماگھ پزٲنۍ کتھ
اکِہ نظرِ یِوان نظرِ نُو عالم چھُ برژٕہن منز
ژٕھ کتھ سہٕ اللہ دیٛنہٕ نُے چراغ پزٲنۍ کتھ
سُہ تہِ اوس دوہا ٲسۍ سمکھان یار اَکِس اکھ
کتھ جایہِ سمن ووٚنۍ چھےٚ کولہِ تےَ ناگ پزٲنۍ کتھ
ساگر وُچھان وق از تہِ چھُنا پٲز پکھن پیٹھ
کیٚنٛہہ بزٕژٕ سکوٕنکۍ وولہِ گدازرو لاگ پزٲنۍ کتھ



کنو بۄزٕم دِٕلچ آواز راتس
دزان شمع، وزاں اوس ساز راتس
سِیاہ شب زُلفِ پیچانن ؤلِتھ چھُس
دِلن از ہور زیٚنتھ باز راتس
اتھن ہۆز مانٛز کتھن منٛز قندٕ شربت
پیٚیم ژاۍلنٛز مےٚ کِتیاہ ناز راتس
مےٚ شہمار رأچھ وُچھمس حُسنٕہ گنجس
لبان زاۍن چھِ کم کم راز راتس
سبزر گاہے، مژر، شفقتھ، عداوتھ
وُچھِم کِتیاہ تِتھی انداز راتس
سحر پھولہِ یام تہٕ راون خاب ساری
یو ہے اکھ غم اوس میٚے ہمراز راتس
نقش لوٕلکو گرژھن روزٕنی سلامتھ
کرو ساگر امیٚگ آغاز راتس



مےٚ بس سرمایہِ غم چھُم تس خبر چھا
یہِ دۄر بر بۄڈ صدم چھُم تس خبر چھا

ژھوکیمٕژ آش تھٲوِم رٕچھی رٕچھی أچھن منز
یہِ ما شاید مےٚ برم چھُم تس خبر چھا

ہٕنٛدٕری ارمان موٗللہِ ڈُردانہٕ سٕدرٕکی
پٕژُن دِل جامِ جم چھُم تس خبر چھا

وۄفا دأری، مژر دیُت تِہنٛدِ لولُک
مےٚ بس سُے اکھ صنم چھُم تس خبر چھا

ہوان کاتھہ کاتھہ اگر وُنہِ ناو میوٗنُے
یہِ تٔمی سُنٛد بۄڈ کرم چھُم تس خبر چھا

مےٚ لوٚسم أچھی گنیم کل تیٚیم نا
مےٚ ژامُت کارِ خم چھُم تس خبر چھا

اگر مانکھ ونس چون حال ساگر
یہِ کرٛیشن چون سِتم چھُم تس خبر چھا



میانہِ دِلبرٕ چانہِ رٕژس اکھ اکھ پہر چھُم کربلا
کیاہ ونےٚ ہِتھٕ کُنٕز ونےٚ لولُک مُژر چھُم کربلا
دولہِ چھِم تارکھ وُچھان چھُم نب تہِ از بُتھِس پھیُر گوٚمُت
چھُم نہٕ چھینچ جاے کُنہِ تاپُک تٔژر چھُم کربلا
چانہِ موکھٕ وۄنمس زُوان چھُس تام کھاُرن دژیہہ ڈبکس
پام للہِ وِنٕ تھاوُنم شام و سحر چھُم کربلا
سانہِ آےٚکنٕز اُس دژاہِش زون پوٚت ژھایہِ وۄنُم
کھش مےٚ گو ارمانہِ نےٚ ونہٕ گس یہِ شر چھُم کربلا
چھٕنہِ بٔژر نظرن نہٕ ونہٕ نَس وار چھُم تس روبرو
تس چھُ وُنہِ میوٚن سٔزیہہ دِلس پنہٕ نُے ۂژر چھُم کربلا
جان و دِل تس پیش تھونس وایہِ ون ساگر کوٚرُم
از نہٕ کأنسی پٔژھ مےٚ پٔٹھ گام و شہر چھُم کربلا
پٔژھ اگر رٔژھرِتھ ژٕےٚ تھاوِتھ بیٚیہِ رٕنیمتی خاب کیٚنٛہہ
تیٚلہِ ژٕ ساگر گس ونکھ دردِ جگر چھُم کربلا



وۆنُم واون چھُ یارس اور واتُن
سُلی پزِ پۆختہٕ کارس اور واتُن
نظر لوٚچِھ تسٕنز اکھ بُڈ کرامتھ
جلدٕ ون سوٚم شہارس اور واتُن
تمِسٕ ما آسہِ کاتھہ کتھ بوزٕناوٕنۍ
ونوِ پزٕتھ دِل ازارس اور و اتُن
مےٚ سوٚمبرُم تاپھ اۆ برس ڈٔہنگی وٕڈۍ وٕڈۍ
ژٕ ون سونتس بہارس اور واتُن
اُسن تس روزِ کوتاہ کال وُٹھن پیٹھ
پیوان کُنہِ کُنہِ خُمارس اور واتُن
کران کمہِ شوقہٕ سان یَم زۆل ہیٚنٛٹھِم
چھُ گستام بے قرارس اور واتُن
مقرر حد چھُ آخر، اِنتظارس
چھُ ساگر تس نِگارس اور واتُن



آہ و زأری میانہِ چھا تأثیر کانٛہہ
میوٗن ہیٚوٚ ژٕرے ونتہٕ چھا دِلگیر کانٛہہ
کتھ کرِنٛی چھسم گرٛند چھوکن، تھاوُن شُمار
کُس مےٚ ہمدم یُس ونیم تدبیر کانٛہہ
آسہِ شوقس ءتی ییٚلہِ سوٚن اِضطراب
لیکھہِ دیوانٚن تہٕ نوٚو تقدیر کانٛہہ
ییٚتہِ دِمو کتھ وۄن کرو کیٛاہ انتخاب
ٹارِ ما ازتام کھٔژ تصویر کانٛہہ
راز ننہِ ہے زِندگی ہُنٛد سربسر
آسہِ ہے اسہِ نِش تہٕ تیٚتھ تحریر کانٛہہ
گوٚ سنا از جامہٕ نٕے ہُنٛد رنٛگ ڈوٗلم
کھورہم ما نخہٕ مٹہِ تقصیر کانٛہہ
پڑٲنۍ ساگر کیٛازِ نہنٲوِنۍ نقوش
تس ژتبس ما پیوٚ پٔژن تقریر کانٛہہ



رسہِ پأٹھؠ کھوٚتمُت از چھُ کولن آب زبردس
گوٕ روٗد پیٚنے آو ییُتھ سألاب زبردس
ییٚلہِ آیہِ وٕستھ جایہِ ژوشوَے لبہٕ مِسکینس
ژلہِ کوٚت أنٛدؠ أنٛدؠ چھُس فقط گرداب زبردس
کمہِ رایہِ بران اکھ بُچورا مُشکہٕ ہلم اوس
شاید وُچھان اوس دوہلہِ بےٚ پڑھ خاب زبردس
یوٚڈ بارٕ ثواب ژونٛگ تھاوٗن شامہٕ پتّہٕ دزٕوٗن
نتہٕ انہِ گژھ موکل تلُن مُتہٕ آب زبردس
آسن پھولن ما پوٚش گُنہِ از دوٗرِ نیرٕ بن منٛز
تیٚلہِ أسؠ پھولان گنٛڈؠ تھربن گلاب زبردس
ہردم چھُ ونان پڑھ تھوٕو توٚہؠ چھُس نہٕ طلبگار
کتھ چھُم مےٚ حاجتھ تُہنٛدؠ یم القاب زبردس
ساگر اگر کتھ چأنؠ نٹن کھوٗش تہٕ کرکھ کیاہ
کتھ پتھ ژٕ ہواں نخقہِ ملؠ عذاب زبردس



سُے شوق انُہر شولہٕ وُن امار مےٚ چھُم یاد
انأرِی وُٹھو لولہٕ ہوٚت اِظہار مےٚ چھُم یاد
وۄشلُن سہٕ روئیک، شوخ نظر، گرا‌ے زُلفن ہۆثرٕ
سُے بُمہٕ کمان کوکلِ خمدار مےٚ چھُم یاد
قد چون وُچھِتھے اوس راون سرٕو نازن حبس
سُے کُکلہٕ پکُن لۆبہٕ وُن رفتار مےٚ چھُم یاد
منہٕ سرٕ تہٕ وۄتھان آسہٕ کرٛاہ لہرٕ پیا پے
سوے بے قرأری دوٚ رِزُک آزار مےٚ چھُم یاد
سیمأبی سوچس از تہٕ ما ٹھہراو بزثرس زانٛہہ
سُے چون یاوُن شۆبہٕ وُن انہار مےٚ چھُم یاد
اکھ اکھ بزُثرٕ امہٕ زیٹھہٕ سفرُک ونہٕ مےٚ أچھن تل
دِلاسہٕ دیُن چون بیٚیہٕ موٚ دُر گُفتار مےٚ چھُم یاد
اتھ یادٕ وُترِس پھیُر دِوان از یلی ونان ساگر
سُے لول پٕنُن بیٚیہٕ سہٕ چون یقرار مےٚ چھُم یاد



گژاے ئلج ژُلفن دِلس کیٛاہتام گَو
گَس نۂ رۆزِتھ اِدٕ اتھن مژ جام گَو
گُس اکھاوُچھتھن یِمٕس ون گو نۂ بژم
غم نۂ کأنسی وأنسہِ گَس لیلام گَو
آنگنس مژ پژانہِ سیمچ دأن تھُر
پۆنیہِ ہٕرِتھ الہٕ ڈلہٕ بژاندس یام گَو
گژاو کرٕہن گَس ونن سألاب کھۆت
سۆتھی تہٕ نہوِکھ ییرٕ شہر و گام گَو
تگٕی نۂ رٕژھرِتھ تھاوِنی یِم گاشہٕ پھٕتی
کاڑ کۆڈ انہِ گٔڈ تہٕ مشدٕبن شام گَو
کتہِ لٹہِ وۆنمس چھُ گومُت قرنہٕ پھٔیر
ئیٚی تہٕ أکی کُملأوی وُٹھ بدنام گَو
ڈکھہٕ تھوٕنی وأنجہِ ساگر گٔنی، کتھا
دِل چھُ أخر دِل مۆت ما رام گَو



ژۄلا وٕنتم یہِ روٗٹل وہرٕ وادن
پھوٚلا کانٛہہ دِل تہٕ اَویٚل وہرٕ وادن
دِوان زاَہِد چھُ پتہٕ کنہِ زیٚر پرٛدس
وۄنٛکھ لتس تۄتہِ گاٹل وہرٕ وادن
حیا ترٛ ہریٚو و ہوس کھلیٚو و اَچھن منٛز
تہٕ نظرن رۆد دُل میُٚل وہرٕ وادن
محل خانن دۄہس راتس چھےٚ رونق
ژۄلکھ ما تۄتہِ گٹہٕ زۄل وِہرٕ وادن
خبر اَۓسس گرٛ دِ یێتہٕ واو بتھی پھیُر
سجاَوِن کتھ ساَ سوٚنٛبل وہرٕ وادن
یمو کر ژٕہنٛز ازتام ترٛاے وتٕچ
یمن گو سونچہٕ ہیے بُل وہرٕ وادن
تھپل ہۆسی چھےٚ ساگر بڈٕ ہونر از
ہیچھتھ ما کار یہِ زاَویٚل وہرٕ وادن



حالِ دِل باوَو چھِ ہالس نارِ ژھٹھ
لَج أچھن، سونٛچس خیالس نارِ ژھٹھ
بُلبُلن کتہِ رؤد بہارُک مارِ مؤت
وُچھ گلو منٛز سوٗنتہِ کالس نارِ ژھٹھ
گردِ بُزِ گیہِ پوشہِ تھرِ کم پوش ہبتھ
مَسولن لَج دأدی نالس نارِ ژھٹھ
چھَم مے لَجمٕژ یتھ وچھس سوس پھُلے
وُچھ أچھو کانٛجس تہِ کالس نارِ ژھٹھ
زؤنہِ رأژن کونگہِ وُڈرن بوش ووٗتھ
ونتہِ کٔمی أنی اور سالس نارِ ژھٹھ
پزٕتھ پٔدس تل تھوٗو زمانن اکھ الاو
کَس نہٕ لَج اِد جان و مالس نارِ ژھٹھ
پزٕژھ تہِ ساگر لولہِ وأرِس دِلبرس
ون تہِ کوتاہ کال ژالس نارِ ژھٹھ



پروانٕہ دٕزِتھ پھو تہٕ شمع توتہِ دزان رٗود

ہے میانہِ متیا زِندگی ہُنٛد ساز وزان رٗود

کتھ کتھ گۆمُت پٕژ پارُوچھ ساٗ کتھ نہٕ لۆگمُت دژوت

تیٚلہِ کونہٕ سونٛتُک واو کٔتھن ونتہٕ سزان رٗود

یخ بستہٕ وبشو گٔیہِ تہٕ سوتیۆو اہرٕ بلُک شور

یُتھ حال وُچھِتھ توتہِ کوٗنسر پانہٕ گژبزان رٗود

لۆب زِندٕگیہِ وُچھ آے کھوٗژا گٹہٕ پچھن زوٗن

پژتھ راٗژ پتہٕ صُبحاٗے بیٚیہِ افتابہٕ کھسان رٗود

ییٚتہٕ آسہِ ہے نا ووتمُت صحراو پدٕن تل

یۆد آسہِ ہے نئے روٕدمُت اسمانہٕ وسان رٗود

یامتھ وُچھن امہِ میانہِ لرِ ہُنٛد بام دوٕدریومُت

پتہٕ کیٛاہ ونو کمہِ بژاٗژ شژوکین رٗود اژان رٗود

ساگرٕ یہِ پژیوو سِری یہِ پرتو ییٚتہِ دوٕہے تھزرن

پإتھلی کٔمی سٕژرِ آشہِ دیٚس رٗودی منگان رٗود



ہے متہٕ کوٚت پیٹھ دڑاکھ یمن نارٕ بزیٚہن منز
ژلہٕ نے نہٕ أندرم آکھ یمن نارٕ بزیٚہن منز
کس کس ژٕ ہاوکھ نال، باوکھ کس ژٕ پنٕن حال
پرٛتھ کتھِ از چھے ٹھاکھ یمن نارٕ بزیٚہن منز
کتہٕ شوخ صُبح شام کتہٕ تِم گُل تہٕ بیٚیہٕ گُلفام
اوندٕ پوٚکھ چھُ از وأناکھ یمن نارٕ بزیٚہن منز
تِم دوہ چھِ کتہٕ تام ڈٲپھ ترٛأوِتھ دوٗرِ ونن منز
از دوہ چھِ اتھِ ہتھ شراکھ یمن نارٕ بزیٚہن منز
کَس چأنٛ فِکر کس نہٕ ہوٚکھمُت آب چیٚشمن ہُنٛد
متہٕ دِتہٕ ژٕ جامن چاکھ یمن نارٕ بزیٚہن منز
سورُے چھُ گومُت غأل کھالتِس شوخ، سبزخاب
پرٕ کُس سأ ووٛنی للہٕ واکھ یمن نارٕ بزیٚہن منز
ساگر یہِ چھا پاداش سبزرُک کِنہٕ چھُ مُقدر
لولس نہٕ کنٛہہ گژاکھ یمن نارٕ بزیٚہن منز



صُبحاۓ صُبحاۓ بیٚیہِ مےٚ پٔژُن گام ژتبس پیٚوم
سوے شیٖری چاپایا بیٚیہِ گرُک دودِ دام ژتبس پیٚوم
سُے کونگہِ وٹنگ یار ہوا، مٕہِ ناژِچ ترٛیش
تم آبہٕ وژن اہرٕ بلُک شام ژتبس پیٚوم
تتھ کلشہِ ونس منٛز لیٚنٕز کچھِ راٹھ اوٗ برس منٛز
سُے سوٗنتہٕ کالُک مد تہٕ گُلِ بادام ژتبس پیٚوم
سُے شوٗژ آنگُن میانہِ گاژِچ شوٗب ژندن گُل
سُے بزانٛد پٔژُن، دأر، ڈب بیٚیہِ بام ژتبس پیٚوم
سُے تازٕ ہوا بونہِ ہُند سوے ویرِوارِ ژٕ اَنٛج
تھپھ لٔج مےٚ دِلس واو سونٛتُک یام ژتبس پیٚوم
سُے کلش منٛدرُک شوبہٕ وُن بیٚیہِ پرٛژنگ سہٕ استانُک
سوے گامہٕ مسجِد بیٚیہِ تمیُک اِمام ژتبس پیٚوم
سُے نیٖور چھرٕن بل تہٕ بیٚیہِ سوے مآل إٓلسی مر
ساگر دپان کرکرنہٕ ازیُکتام ژتبس پیٚوم



تاہ گرِم شوقن امارن چھُس سرابن منز زُوان
چھُم نہٕ کانہہ ہمسایہِ ہمراہ چھُس دولابن منز زُوان
سوئتہٕ واوس رأوٕمژ ہوہراے چھُس بیٚا کل وُچھان
کیٚاہ ونس سُہ تہِ اوس دوہ اوسُس گلابن منز زُوان
زیوٗٹھ صحروا پدٕبن تل چھُم أچھن منز کربلا
دوہ چھُ سِیاہ راتھ ہیٚوٗ چھُس اِنقلابن منز زُوان
روٗز وچِتھ وٕتھ پکان روٗدُس بہٕ امہِ کی وِہِر وُچھان
یادِ ؤترس ترٛٔسی لگان چھِم چھُس عذابن منز زُوان
زِنٛدگی از زن تہٕ اکھ مہمل نظم عنوانہٕ روٗس
چھُم قلم تھوٗومُت ہنگس چھُس گِردِ آبن منز زُوان
چھُم بِتُر تیٚوٗتاہ زِ زندانن اندر شیرِم چمن
کر موٗنگم تس سنگِ فارس چھُس نہٕ خابن منز زُوان
کیٚاہ کھٕٹِتھ تھاوکھ ژٕ ساگر پرٕدِ دأری کتھ کرکھ
چھُس بہٕ چأنی پأٹھی پرٕژھیوٗن اِظطرابن منز زُوان



دزٕوُن مےٚ راتس تھو شمع پروانہٕ پرٕکھاوِم
روٗٹ کاژِ مےٚ دِل ٲکی ہانٛژل شوق منساوِم
اروٗپ ییٚہِ تصوٗر ییٚہِ میوٗن آگاہ تہٕ لامحدوٗد
کم خاب أچھن منز تہٕ کم کم نقش وٕشلاوِم
کُملاوٕ اگر وُٹھ تہٕ وٕتھِ پرٕدٕ سپرن تھوٚد
اکہِ نظرِ ستی خاموش سٕدر ٲکی وٕلساوِم
بے نیب مُنزِل وتھ تہٕ اویز توتہٕ پکان گوس
غم ڈٲلی زٲنتھ اونگجہِ ٹینڈٕ ٛن پیٚٹھ مےٚ گُنزراوِم
اوٗنٛد پوٚکھ نہٕ میٚہر بان، أچھن ترٛیش رٕتس ریٚہہ
ارمان ساوِم نیٚنٛدرِ دوہے خونِ دِل چاوِم
فوٚلادی اتھو دیٚت مےٚ یتھ بُترٲژ وچھس چاکھ
سُہ تہٕ اوس دوہا پوشہِ پدیو نغمہ وُزناوِم
ساگر ژٕ کھوٚتکھ شیٚشہِ ہیرن پوشہِ ہلم ہیٚتھ
رتہٕ داوِی پدیو پوش وتن مےٚ ہسا چھکراوِم



یێتہِ رأوی سمنۍ بل دِمو کتھ جایہِ کتھن دَل
وولہٕ دۄر ژلو تتھی دِمو بے وایہِ کتھن دَل

آبس چھِ وُچھان زبل تہٕ ژاران لُکھ چھِ دوٗدس گنڈی
پرٛتھ دوہہ چھِ دِوان میأنی یم ہمسایہِ کتھن دَل

کوس رٮ۪تھ پالو دم سنبھالو نکھ والو دوہٕ
کتھ جایہِ بِہتھ ون دِمو نوِ ترٛایہِ کتھن دَل

سٔدرٕ ے چھُ للہٕ وان کو چھِ اندر خاموش یم طوٗفان
وُچھی وُچھی چھُ دِوان واو بالن ژھایہِ کتھن دَل

ہُتہِ شمع دزن، ساز وزن نرٕتکی چھےٚ کراں گتھ
دِنۍ تہٕ دِن کتھ ونتہٕ یم کم پایہِ کتھن دَل

لتس بچھِ وِنس پیٚیہِ نظر ییٚلہِ خرِقہٕ پوشس گُن
ہِوٕن چھِ سمکھان ہِوی دِمو وولہٕ بایہِ کتھن دَل

ساگر چھےٚ نیران کتھِ اندرے کتھ چھےٚ بہرحال
گاٹلی تہِ وُچھم یێتہِ دِوان لُکہٕ دایہِ کتھن دَل



وہمن گُمانہٕ نٕے مٔنز راوُن پیوان چھُ باضے
افسوٗس یہِ دِل اماپوٚز کھیٛاوُن پیوان چھُ باضے

لاچارٕ گی زمانٕچ گاشش نہٕ رٔژھ تہِ پرٛیتھ
دوہلی مےٚ ژونگ زأیِتھ تھاوُن پیوان چھُ باضے

دوہہ دِشہِ رٕچہٕ کٔڈی کٔڈی گُل ریز ووٗنی رنیٛمٕژ
خودراہ یہِ شوق ہمدم ساون پیوان چھُ باضے

کتھ کھٔرٕژ نہٕ کانٛہہ تہِ سپٕکس نرِ چھُس دِوان نارس
یُتھ حال اوے یارن باوُن پیوان چھُ باضے

محلن یہِ واو پٔوشا یرٕ واجہِ پھہرٕ آبن
کیٛاہ کیٛاہ ونے زمانس ہاوُن پیوان چھُ باضے

گُنہِ وِزِ اکھ لوکٕٹ کتھ طوٗفان انن جہانس
اِدٕ وُچھ سأ خوف مرٕنک ترٛاوُن پیوان چھُ باضے

کینٛژن چھُ شکھ ساگر اسہِ ہیٛوٚ نہٕ کانٛہہ ارسطو
یِتھِ نٕے یہِ آنہٕ بےشکھ ہاوُن پیوان چھُ باضے



چھُنہٕ وسا پھُٹراوِ پنہٕ سأ واو کمرس دارِ بر
کٔیاہ کرکھ موسم ونی ازلے چھِ بارٕنی خیروشر
کٔیاہ ڈٔپتھ بدلوو سِرین موکھ ہیوٚتُن ہاوُن جلال
کُس وٕنبس کُس کڑیوٚٹھ وترٲوُن پھوٚان اکھ اکھ پہر
مالہٕ ترٲوِتھ نألی دِوان أسی لسنہٕ بسنگ یم درٕس
از تمے زأہِد چھِ دڑاٮ۪متی ٹٔنی اتھن مٔژ ہتھ خنجر
روت رأچھِس رأتی رٲتس ہوش ہا ہوش پھوٚ وُنن
مَس چھےٚ بستی حبسٕ نہٕ کأنٕسے چھا نصف شب کِنہٕ سحر
شپنہٕ بُزی ہاوس گیم چھنٛڈٕریوو دِل ہٕنٛڈٕرییہٕ راتھ
بوٚر مےٚ ہلمس گوٚٹ تہٕ اِدٕ تھأوِم کھٔٹِتھ سأری أچھر
پوٚشہِ تھٲر برجس گولابو ستی زن بدول جمال
ییٚلہِ وُچھم لتس کُن مےٚ وونم چانہِ غزٕلچ چھَس بحر
آسہِ کأنہہ مٔتی آیہِ شاید بیٚیہٕ سکھران یوٚری کُن
از تَوے ساگر سجاوان وُچھ سأ آزر اکھ شہر



لوٚنچہِ گٔنڈی گٔنڈی چانہِ موکھہِ تھأوِم ثواب
روشہِ یِکھنا ہوشہِ وۄتھراوے شباب
پوٚشہِ ؤتھرن پیٹھ گِنڈان شبنم مگر
دِل رچھِن کتہِ زانہِ ون سأ آفتاب
سرحدو پرٚژنو مُت بُترأژ وُچھ
أسی کران استن تہِ اوٚنگلن ٹلی حِساب
وُچھ تلاطم یوٚچھہِ ۂرن نظرن اندر
أنی نہٕ کر یموٕے زمانس اِنقلاب
غم زمانٕکی ونتہِ وبترٕنی چھا سہل
لا وُبالین ناو پیوٚ خانے خراب
وُچھ مےٚ کم تام آسمانٕچ کتھ کران
تم ونان أسی تارکن ترٛأوِو طناب
عالماوبر از تھبکان عالم چھنا
ژاو ساگر ژٕ تہِ وُچھنی تم پرٛأنی خاب



دوہ چھِ تاپلٕہ تہٕ مَسا شام سَپُد
رام ہِتایہِ زن تہٕ رام سَپُد
گُل نہٕ بلکُل ژھٹان چھِ از خوشبو
پوٚختہٕ کارن تہِ کار خام سَپُد
گو اثرُ کُل کجایہِ کٔمۍ تام
تام نظرن تہِ زن یہِ لیلام سَپُد
از مےٚ باسان سنگر دِیان صُبحے
ہیٚے وُچھان وُچھان یہِ کیاہتام سَپُد
گتھ کران زوٗن زمین ہردم
ئلِو یہِ آدم اما بدنام سَپُد
واعظ بدلے پران چھُ از وٲعِظ
پاسہٕ اٚستھ یہِ کیازِ ترٛام سَپُد
لگِو نہٕ وُٹھے ڈُندرِ ہتۍ ساگر
گوٚ سأ خٲلی یہِ میٚون جام سَپُد



وِجہِ واو زدل ناو تےٚ گرداب پِیا راس
ژھیٚپہِ پارِ میٛانہِ روٗد رب سأَلابٕ پِیا راس

یُمِ تھٔوی نہٕ زِٕہیٕ لونچہِ گنٛڈِتھ کیٛنٛہہ منٛگِتھ تارکھ
تأپیٕرِ روٗسٕتےٚ تس بچارس خواب پِیا راس

یس آسہِ لوٕچ شے دِلس شرٛ پتھ تہٕ چیٛشمن سریٛہہ
تس ونتہٕ روٗشِتھ زوٗن، موٚت آفتاب پِیا راس

یس نأﺋلی سوٗنزل تابہٕ دامن آبِ کونسر چھتھ
ژٕدون تہٕ سکٕنٛل تس وِہُل سراب پِیا راس

یَس اوس دِو ان سوٗنتھ قدمن میٛٹھی چھکان پوٗش
تس پوٗشہِ مٔتِس ونتہٕ یُتھ مُتیٔ آب پِیا راس

ازتام گٔرٕم گاشہٕ زِٕژن رأچھ گٔلِس منٛز
تیٛلہِ ییٛمہِ زمانٕک یُتھ مےٚ سِیاہ باب پِیا راس

ساگر یہِ ویٚکھُت قوٗس، ژھوٚٹان ہوٗنز زیٛٹھان راد
کتھ کتھ یہٕ دِمہٕ ووٗنی واٹھ کانٛہہ حِساب پِیا راس



تِم ژِہی اگر رژھ تہٕ طلبگار آسہٕ ہن
سنگدِل مےٚ مایم یار دِل آزار آسہٕ ہَن

اتھ ورزٕ واوس آو ماخوش زانٛہہ تہٕ بسُن میٚون
سرخم تیٚلہٕ ما میٲنٛی تِم دیوار آسہٕ ہَن

صحرٲوی وتن اوس پکُن ہیتھ سراپٕچ شےٚ
رتہٕ دٲوی پٔدی یوٚد وتہٕ تہٕ ناہموار آسہٕ ہَن

لَس روزِ ہے نےٚ نظرِ تل ئلہِ میٚون بام و در
چھوکہٕ دٲوی جِگر شوق ما مِسمار آسہٕ ہَن

پیٚیہٕ ہے نہٕ جرٛن موختہٕ سِیاہ رٲژنٕے نالس
ہرگاہ مےٚ ہن کھنڈ دوہ تہٕ ووفادار آسہٕ ہَن

میٚےٚ لوگ داوس پان رٕچھِم توتہٕ پٔنٕنی نس
نتہٕ میٲنٛی پرُوج نخقہٕ شرمسار آسہٕ ہَن

رٕچھی رٕچھی تھٔوِتھ ساگرژٕنے یم صحرٲوی سمنٛدر
نتہٕ کتہِ سأ رٕنبہٕ وٕنی چاٲنی یمےٚ شار آسہٕ ہَن



وُٕتھ زِٕو کھٕتِھ کتھ ژٕ تھاوَکھ کۄتامتھ
اِشارو اِشارو ژٕ ہاوَکھ کۄتامتھ

پلکھ کٕوت کالاہ ژٕ وأرأگی وتن ون
مٕہ ژٕٹھ کتھ یہِ دٕون چھاوکھ کۄتامتھ

گۄمُت از چھُ پاتألی اکھ اکھ گُلاب زن
ژٕٹکھ نال تہٕ اتھ چاکھ دیاوکھ کۄتامتھ

اوُچھ خابٕنے چھُکھ ژٕ تأپر ژھارن
وُپھل دوہ ژٕ ون یاد پاوکھ کۄتامتھ

دُٕہلی رأژٕنے ہُنٛد یہِ ژھایت أچھن تل
ژٕ ون دِل سمٕندر بناوکھ کۄتامتھ

سحریام پھۄل تام تیٚہہ پھُٹ خیالن
لبکھ پان کتِہ ونتہٕ راوکھ کۄتامتھ

چھےٚ ترٛایی بدل از ساگر دولابن
مُٕور أچھ ژٕ ون ڈاپھ ترٛاوکھ کۄتامتھ



وأنسہِ وادن مران لسان ووتُم
شُری آیے ودان وِسان ووتُم

سایہِ اۄبرُک تہٕ بس ترٛۄر تا پُک
شیرِ لأرِگتھ مژر اسان ووتُم

وۄنہٕ ہٕنٛدریر تہٕ کوس یُتھ نظرن
بُتھی چھِ بدلان دۄس وُچھان ووتُم

واو بُتھی پھیُر تہٕ زۄرِ پێیہِ بالن
دۄرِ شمع زۄرِ دزان ووتُم

آستانن تہٕ دشہِ گنڈان رۄدُس
اشہِ وانے تہٕ بُتھ چھلاں ووتُم

اتھِ چھُ زاگاں اتھس تہٕ ستھ کٔمی ہٕشز
وتھ چھِ زیٹھاں تہٕ ئلی پکاں ووتُم

یێتہِ چھُ ساگر سمے تہِ وولیُومُت
ڈہنگی واوس توٚے وٹان ووتُم



خبر دِلس یہِ کیاہ سپُد گِندان وُچھاں وُچھاں
ژٕ ناز اتھن سوٗزل جٕرِتھ ژٕ مأنزِ نٕم رنگاں رنگاں

وُچھی مےٚ از ژےٚ دزٕ یہہ ڈیکس خبر یہِ کٔمی بری ژےٚ کن
یہِ وُچھتہٕ تاپہٕ ہارٕنے بہٕ شیٖن زن گلاں گلاں

مےٚ دوہ چھُ از لوسنس ہیٚژتھ ژےٚ ما تہِ زانٛہہ خبر
مےٚ گیہٕ أچھ پٔتٕژ دوہس شبس بہٕ اوش ہراں ہراں

تُلِم مےٚ کم سِتم ژےٚ روٗس دِتُم مےٚ ون دِلاسہٕ کٔمی
مےٚ توتہِ تھوو یہِ ڈٔنجہِ دِل خاب نٔوی گراں گراں

وُچھس اندر تھوٚوُم رٕچھِتھ سٕدٕر غمُک ژےٚ پےٚ چھُیا
ژلن مےٚ غوصہٕ غم پزی اگر ژٕ یِکھ اساں اساں

مےٚ کوٚرنہٕ زانٛہہ تہِ شِکوٕتس کوٚرُم نہٕ کأنسہِ زانٛہہ کٔنہ
مےٚ رأوی کم صُبح تہٕ شام ٹٔلی کتھن سناں سناں

تھٔوی نہٕ تھوی ساگرن خابہٕ ہلم دوہے بٕرِتھ
مےٚ وأری نکھٕ ژٕہی تہٕ بزٕنزی خونِ جگر چھوٚاں چھوٚاں



اکھ وأنسا گیم منساوان غم
منسأوِتھ تہٕ بێیہٕ پلہٕ تھاوان غم
سرِ شامٕے دارِ بر تھأوِم دِتھ
رأتؠ راتس چھُس للہٕ ناوان غم
گو نہٕ نظرے ازتام کانٛہہ شِہلی گُل
تمبرِ موچھِ منٛز تہٕ دِل سنبھلاوان غم
نیلہٕ ناگس وُچھِم زن ہێرٕ منٛز رێہہ
منٛز خابس تہٕ چھِم اسہٕ ناوان غم
سکہٕ شاٹھس منٛز چھُس رچھن سبزار
کٲنٛڈۍ تھرِ نے پیٹھ چھُس چھاوان غم
گژیشمہٕ کژلہٕ منٛز تژیشہٕ دوژھ مانٛجمس
سینہٕ وأتِتھ بہٕ چھُس وبزاوان غم
چھێٚ نہٕ ساگر دسیاب بادام پھُلے
لولہٕ والِبن توتہٕ شولہٕ ناوان غم



نوِ آیہِ کتھن سن تہٕ ینہٕ یم ساتھ مُشراوَکھ
پڑتھ طرفہٕ کھُرُے کھُر ژٕ کم حالاتھ مُشراوَکھ
آشن ژٕ تھَو تأویزٕ گرؠ گرؠ واش کتھن کڈ
کیٛاہ جان گژھِ ہے پزأنٛ تِم ظُلماتھ مُشراوَکھ
کۆت تام چیٛر کھ ہۆٹ ژٕ امارن تہٕ ژٹکھ کتھ
ینہٕ پھیرٕ گژھی جیرٕ ہِتھ اثباتھ مُشراوَکھ
کُس کُس سِتم ژالکھ تہٕ کیٛاہ کیٛاہ ون تھوکھ نَم تل
ہێتہٕ سام سونچس پنہٕ سا زانٛہہ جذباتھ مُشراوَکھ
پۆد پۆد تہٕ اگر رود یۆدوے گو سفر زیٹھان
یێمہِ رأژ خابے رأوِ ینہٕ سوے راتھ مُشراوَکھ
کٲم تام زألِتھ انہِ گٲٹس منز ازچھُ تھۆومُت ژونگ
کر دُعایہِ خأرا تَس ژٕ پنہٕ درجاتھ مُشراوَکھ
ساگر چھُ کڈان واو پٲگھن واش چھکان نار
ہنہٕ آکھ مگر ینہٕ ژٕ پنٕنۍ ذاتھ مُشراوَکھ



کتھ پٮ۪ٹھ مےٚ ڈٲکس چھِم لیکھتھ نخچے خطا واراہ
تمۍ تُج نہٕ أچھے تھوٚد مےٚ گرِ مَس التجاہ واراہ
یَم پڑأنۍ کھنڈرٕ نۍ چھِ گواہ میانہِ تأرآیجکۍ
سنگر تہِ ونہٕ نےٚ أسۍ نا ییٚتہِ کج گُلاہ واراہ
بُترأژ وچھک نار چھُس ازتام شیٚہلاوان
پٮ۪ن پأدٕ کرِنۍ تارکن مۍژ ہمنوا واراہ
کمۍ تام لٮ۪کھتھ میلہٕ پٮ۪چن اوس تھوٚومُت نوٚن
حبسہٕ پکۍ زِ وتن ییٚتہِ چھِ ہمراہ بے ووفا واراہ
شیٚہجار موٚنگم ما مےٚ زانہہ خأراتھ أزتام
بس تھٲوی مےٚ شکون تہہ گرِتھ مُشرِم طماہ واراہ
ییٚتہِ باگہِ آمژ موٚسمن تام بے قرأری از
ییٚتہِ کارِتگِچ زوٚن تہِ کران واوبلا واراہ
ساگر چھِ گاٮ۪تۍ وُچھتہٕ گوتن چانہِ شہرکی لُکھ
کرن تہِ کیٛاہ زن واو گومُت بے حیا واراہ



وُچھ گۆمُت اکتابہٕ دٕہزن، شب سِیاہ
دوہ گٕمتۍ بُتھۍ پھیۆر تہٕ چھُنہٕ کُنہِ پیٹھ وسا
کھوژِ کتھ کہہ وچھِ گُھسنَس پاسہٕ سون
وبرِ سُے لیس آسہِ پانس منٛز دغا
ہے خبر کٕمۍ تھۆوُمت شبنم رٕٹتھ
پکھٕ ژُرِکتھ پِنہٕ کانٛہہ نٔیی ہے بُلبُلاہ
زِنٛدٕ زُوَے ییٚلہِ تہِ مٔشراوو زُوُن
ناو گٔھنٛز کٔھنٛز زن تھوَو پیرٛہن تہٕ کٔشیاہ
راتھ تامتھ آسۍ یِم میٛأنۍ کتھ کران
از بساوان بیٚون پٔژن دُنیا چھِ نا
کُنہِ تہِ خابس دراو ما تأپیر پۆز
دِل پریشان أچھۍ پُٹنۍ چھم اتھ گواہ
ہیٚوٚک نہٕ ساگر تاج محلس گٔنۍ تہِ دِتھ
أسۍ نتہٕ بیٚتہِ لولہٕ ۂتۍ مٔتۍ واریاہ



چھُس شاد مےٚ از بێیہِ تہِ سٕے جانانہٕ وُچھُم نا
سٕے جانِ جانان از تمی انمانہٕ وُچھُم نا
رات تام وَنن اوس جنتس چھُم مےٚ کھارِنی ہیر
گٔنزران ڈلس لہرِ از دیوانہٕ وُچھُم نا
اَدی تام لُگن اوس ہاوان اَنہٕ اسن اوس
از برٛونٛہہ کنہِ اَنس سُہ کران شانہٕ وُچھُم نا
یێتھی میٚزِ چھِ پھولان گُل وَنن اوس یارن گُن
از پوشہِ مرگن منٛز منگان وأرانہٕ وُچھُم نا
ازتام پران اوس کلہٕن، لَل تہٕ بێیہِ نُنٛدریوٚش
وونی پران ۔کتھ تام پیچھ افسانہٕ وُچھُم نا
پردن چھُ بران لول پننہٕ نٔبن ستی چھُس زن رِش
ونہٕ کیٛاہ کُنے جایہِ یُتھ یارانہٕ وُچھُم نا
ساگر سُہ دپان از کرو ریٚشی وارِ نوٗے ناو
ژھاران اتھ کیٛت نو نوٗے بہانہٕ وُچھُم نا



مےٚ ما ازتام کاٗسہہ بیگانہٕ باسیوو
مےٚ ژلہٕ وُن واو تاڈ ہم خانہٕ باسیوو

مےٚ بوُس حالِ دِل تثبلیوو وۄشلیوو
تسُند روشُن مےٚ نوِ انمانہٕ باسیوو

تٔمِس کیاہ راوِہے ونہِ ہے سیۆدِے زن
رِندو رۄستےٚ تٔمِس مےَ خانہٕ باسیوو

یہِ نب وۄشلیوو گٔیہِ زن تھامہِ سوثزل
تِمن ییٚلہِ سُے کران از شانہٕ باسیوو

یہٕ زن شیٚہلاوِ ہا پٔدی چھا یہِ مُمکِن
مےٚ نے ازتام گُنی ٹھِکانہٕ باسیوو

نہٕ گُنہِ دارے، نہٕ دروازے، نہٕ دیوارِ ے
أچھن تل زن مےٚ اکھ وٲرانہٕ باسیوو

تٔمِس رۄد نظرِ تل کیٛاہتام ساگر
یہِ دِل میوٚن کرسٲ لتس دیوانہٕ باسیوو



تہہ دار کتھن پیوان چھِم چانہن جواب سومبرٲنی
ییٚلہِ روشہِ دِل شوقن، کتھہ کِتی چھِ خواب سومبرٲنی
لولس کیاہ کرکھ مول لولس چھُ مول لولے
ون وُنہِ مےٚ کوٚت کالا چھِم اِضطراب سومبرٲنی
دُنیا موٚدر چھُ کوتاہ رنگہِ رنگہِ ژٕرے ٹھاکھ کوٚرتھم
چھِم اکہِ جنتہِ باپتھ لچھہ بٔدی ثواب سومبرٲنی
تس شوق ناز رویس چھا کانہہ کمی شابس
تیٚلہِ کیاز ازتٔمی ہیٚتی لوِ ہٕتی گُلاب سومبرٲنی
ارمان ون دِلن ہٕندی نیران سارِنے چھا
ظٲلِم زمانہِ کوتاہ تھٕوی نٕم عذاب سومبرٲنی
دامن تہِ نال رٕنیومُت اوش ما چھُ توتہِ تھامن
کرِ کیاہ دِلس بہِ چارے وۄنم حُباب سومبرٲنی
مُمکِن کرِنی گرنَد چھا ساگر غمن پرٕژھومس
دوٚپنم ژٕ تھاوزٕ چھ رٕچھ، چھےٚ اکھ کِتاب سومبرٲنی

جگن ناتھ ساگر



دِلے ییٚلہِ روو تہٕ کانٛہہ امار رۆدا
تتھے دِلدار سُہ جأنی یار رۆدا

گرِتھ وعدے چھُ وعدے مُشراون
تنٛدٕن قسمن تہِ کانٛہہ اعتبار رۆدا

بہٕ کرٕہَس شِکوٕ، مےٚ ما چھم شِکایت
بہٕ ونہٕ ہس حال مےٚ کانٛہہ اختیار رۆدا

کرم تٔمۍ سُنٛد بہٕ چھُس نا تھسکہٕ ناوان
خطا معاف گرٕچھِنس تہِ شُمار رۆدا

یِتھے درٛاو واش زُلفن لام اَلِف گو
کھٔتِتھ قد تھاونس تس وار رۆدا

ونس از بہٕ ونس از ہُہ ونس سورُے
تٔمِس بزٕونٛہہ کنہِ مےٚ ڈنٛجہِ اِظہار رۆدا

ژٕ ساگر کیٛاہ ونکھُ تس ناز رویس
تٔمِس نِشہِ چون کھٔتِتھ کانٛہہ شار رۆدا



دِلس فرحت أ چھن شیٖہلتھ مےٚ ون گُنہِ جایہِ چھا میلن
مےٚ نےٚ فِکری تران راحت تیٖتھے امہِ تژ ایہِ چھا میلن
چھُ ییتھ میٲنس شہرس از ہوا بدٕلے نواح بدٕلے
چھےٚ فرصت کُس خبر پژٕژھنچ تہٕ تیتھ ہمسایہِ چھا میلن
وُچھم کشکول ہتھ کأتیاہ منگان گرٕ گرٕ خبر کیاہتام
بہٕ پژٕژھک بس یہےٚ اکھ کتھ بجر امہِ آیہِ چھا میلن
نہٕ کانٛہہ ٹھاکھے نمازن نےٚ پۆزاین چھےٚ پابنٛدی
ووں گو دِل صاف نےٚ آسی ثواب بے والیہِ چھا میلن
یمن نِلہِ وٗتھ وَچھ تم چھا لولس زانٛہہ موٕلناوان
اما تم میٲنٛی مستانہٕ مُتی وُنہِ پۆت ژھلیہِ چھا میلن
بڑٕن لۆکن چھِ آسان رأچھ برنٛٹھن، تأری دروازن
یمن کیٛاہ کانٛہہ رزن کھۄستن یم ہے بایہِ چھا میلن
تراوتھ ییتھ زمیٖنس ونتہٕ ساگر چھا سأ سپنس مژ
جنت امہِ لولہِ مایے رۆس مےٚ ون خدایہِ چھا میلن



نےٚ چھُم شِکوے نےٚ کانْہہ شِکایت نےٚ کانْہہ گژاو
تیلہٕ کیٛازِ دِلبر وتہٕ میٛانے مُشراوان آو
زۄنہٕ پچھس منز گیہٕ زۄن زأنتھ اوٚ برس تل
شاید پانس پردس تل چھُس کرُن پأراو
کتھِ کتھ وأژ کنتھٕ کنٛز سورِملہٕ نازلہٕ تام
وُزِملہٕ شاید کوکل مستس دِیُت واہراو
کوٚ سنا راوان وۄنڈِ سٔدرس چھُم گرِ گرِ قرار
کمہٕ تام مجبوٗری کنٛز لہرن لۄگ تُلہٕ تژاو
بڑٔ کتھ چھےٚ نہٕ کانْہہ موچھِ منز تھاوُن یہٕ رٹتھ
وۄنی گو کانژھا ونہٕ ہے دِلبر ژیےٚ گُن آو
یا گژھ شبنٔمی نظرن منز آسنٛ شیٛہلتھ
نتہٕ گو پانس رِنڈن منز تُلہٕ ناوُن ٹاو
ساگر از چھُکھ کتھ پٹھ بیٛہہٕ کتھِ ریٛہہ ناون
ژِےٚ ون روزِیا ژھوپہٕ دم گری تھےٚ گرِ گرِ واو



ِکتھ تام پأژھن ہیٚیہ دِلچ آواز کٔنَن گۓ
نتہٕ واہ وَنے کیٛاہ بیہٕ کم کم راز ژٔتن گۓ
دم پھٹۍ گرٔژھتھ واو ونان کاوس مٔہ کر ٹاو
کمہٕ شاپہٕ خبر کیٛاژِ ہیٚیتہٕ ہیٚرھ وُلٹہٕ وَنَن گۓ
آفاق دِلگو گیہٕ نہٕ زٕژھیے سرٕ مےٚ کریوو کیٛاہ
اکہٕ اکہٕ وُپھل وِہی تہٕ زن یم شوق چھنَن گۓ
چھُم انِدٕ روس صحراو پدٕ ہن تل تہٕ پکن چھُس
یم میٛأنۍ پٔدۍ اتھ سیکہٕ تام آکھ کھنَن گۓ
گیہٕ ناوٕ بدلی کتھ نہٕ کتھ رنگس تہٕ ڈۄلمُت رنگ
وتن تہٕ کٔمۍ ہیٚ سام کتھن کم سأسنن گۓ
لوٕ ٹیٚنچہٕ وُچھتھے کوٕ سنا مےٚ تہٕ دار أشِس ژٔج
تیٛلہٕ کونہٕ یمن أشی پھیٚرہن دُردانہٕ بنن گۓ
پھیٚہہ پھیٚہہ کرٕونۍ برٔژی تہٕ ژٕہی گٔنزران ساگر ون
امہٕ یادٕ وٕترکی پردِ اما کیٛاژِ تنن گۓ



وُتِش ئُج یادِ وُٲترِس بیٚیہِ تٔہجے ایام چھُس لیکھن
خۆشی ہٕنٛدی ژٕہی تہِ گِنٛدٕنکو برٛنٛز صُبح تےَ شام چھُس لیکھن

مےٚ وۄنمس حالِ دِل شاید آلیس پژھ مےٚ تی باسیوم
بہٕ نم تل چھُس نہٕ تھاون کینٛہہ بہٕ ما ابہام چھُس لیکھن

سنٛگر وۄشلییہِ وۄلہٕ ہاوے زر دبوو زۄنہِ رنٛگ روٚیَس
قصد کۆر رمُت اوے کٔنٛز چھُم بہٕ گُل، گلفام چھُس لیکھن

صنم خانس اندر میۆنےٚ صنم خاموش تن تنہا
خبر کتی دِل اتھن کیتھ ہتھ بہٕ بر تے بام چھُس لیکھن

مےٚ کرتۆگ زانٛہہ تمن ہٕنٛدی پأٹھی وُنٛن نۆرانہٕ ظُلماتس
ووں گو کتھ کیٛاہ کڈن معنے سونس ما ترٛام چھُس لیکھن

بقا رۄدا ذٔری یاوس سُہ سٔدرس ہٕتی ریلیوو یامتھ
بہِ گو پٔزی پأٹھی لبُن منٛزِل یۆہے پیغام چھُس لیکھن

دپان ساگر گۆژھ وۄنی شاد روزُن کانٛہہ تہِ غمگین دِل
بہٕ اوزُردن، دِل آزارن کیٛت ازتام چھُس لیکھن



اَکھ  شہن ہُنٛد سِلسِلا اکھ، چھُنہٕ تماشا زِنٛدگی
مانہٕ کھے بس تیٚلہِ چھِ زوٗنٛچ اکھ تہٕ آشا زِنٛدگی

چھا بقا روزان ظُلماتس وُچھِتھ اکھ گاشہٕ زٕژ
پوٗشہِ وٕنی ستھ بے کسی منٛز پُر خاشا زِنٛدگی

میلہٕ پٮ۪ٹھٕ گٔنزٕرٕنی پکُن، نےٚ تھکُن نےٚ تھکھ کڈُن
زیٚٹھِ سفرُک ٹیۆٹھ موٗدُر اکھ یاداشا زِنٛدگی

أچھی وٕٹنٛی یا کتھ ژٕٹنٛی ہے چھُنہِ دوٗستوٗرٕ ے یِژُگ
کٔمی ووٗنُے گٔیہِ نکھِ سارِنی مورِدٕ لاشا زِنٛدگی



پناہ، توباہ، بێیہِ کُنہِ یُتھ قہر چھا
دزان لبستی، اسان سوٗرُے شہر چھا
چھہِ یم مَس پانہٕ مستی منٛز ونان تم
چیٚو و دوٗژھِ دوٗژھِ چنبس از کانٛہہ تہٕ ڈر چھا
کھسان افتابہٕ راتس زوٗن دوہلی
یِتھس اپزٕس ونان کُنہِ ون پزٕر چھا
بٹھن پیٹھ لہرٕ گٔنژراوان ٹُلان حض
مژر چھا لوٗٹھ چھا نیٚژن کھوچر چھا
کران چھُکھ سجدہ اپزی چھێ نہٕ خبرٕ ے
یہِ چھا مسجد، مندر چھا یا قبر چھا
کران چھُکھ پرٕدٕ دأری کتھ ژٕ پانس
وُچھن والین بخٲلن ون انہر چھا
پزی واون ژٕ وُجرووکھ برژن منٛز
ژٕ ے روس بێیہِ کانٛسہِ ساگر یُتھ جِگر چھا



پان کتھ پۆژھ مولہٕ ژٕ ے وولتھ کیٛاہ کوٚرتھ
کیٛاہ کیٛاہ نہٕ أچھن پۆژھ ژٕ ے کھولتھ کیٛاہ کوٚرتھ

خطرٕ سیلابک ژٕ ے پانئے مٔلو ہیٚوٗتھ
کوٚلہٕ بٔڑس پۆژھ گرٕ بنووٗتھ کیٛاہ کوٚرتھ

سادٕگی نظرن ہُنٛدٕ ے بس اکھ فریب
ئلو أچھن تل أنہٕ تھوٚوٗتھ کیٛاہ کوٚرتھ

کنگ ما پزٕ زالنٕے ژھیٚنہٕ پارٕ منٛز
کیٛتھ اپُز جبروتھ ہووٗتھ کیٛاہ کوٚرتھ

داغ بُتراتھ از تہٕ للوان چانٛۍ کتھ
باغ پننٕے یۆت سجووٗتھ کیٛاہ کوٚرتھ

زوٗنہٕ رأژن منٛز کوٚرتھ نا سالہٕ ڈل
عنبٕدرٕ تارکھ نب ژٕ ے سووٗتھ کیٛاہ کوٚرتھ

کیٛاہ نہٕ ییٚتہٕ وتھرن پھوان ساگر دوہے
غم ژٕ ے ماہمدم بنووٗتھ کیٛاہ کوٚرتھ

راوِ رأوِتھ بێیہِ لُبن یا راوِ راوُن بێیہِ لُبِتھ
زہر وتراوُن تہٕ ہاون برداشا زِنٛدگی

زٕلِہ وٕٹنٕز آبس تہٕ ہلمس منٛز سۆمبرُن زوٗنہٕ گاش
نتہٕ گٹس منٛز پرٛزٕلاوُن ساسہٕ گاشا زِنٛدگی

أرزوے لبنُک طلب اکھ کشمکش اکھ تشنگی
پرٛتھ تِتھِس قدمس دِوان یێتہِ شاباشا زِنٛدگی

شوٗب ساگر پوشہٕ وُن غم رشٕبہٕ وُن امار اکھ
چھَم نہٕ دردس بێیہِ کِنٛہپیں بس داش نداشا زِنٛدگی



○

سبزر ییتھ شہرس اندر ورتاوان چھُ خاطرِ کاںٛہہ
ودن موکل چھِ کھلیمتۍ اسہٕ ناوان چھُ خاطرِ کاںٛہہ
حیاتٕچ رونقٕے ہیتھ ژۄل خبر گُستام خبر کوٚت تام
یہِ غم ییٚتہِ گس چھُ غم باسان پچھتاوان چھُ خاطرِ کاںٛہہ
ژوداہمہِ زۄنہِ کٔمۍ وأناک دیون کوٚر ام نٔین نبگلِتھ
سنان گُس اتھ چھےٚ کس فُرصتھ اۆش ترٛاوان چھُ خاطرِ کاںٛہہ
وجوٗدس میأنۍ سےٚ کٔمۍ شاپھ دیتُمُت بد دُعا کوٚرمُت
بُتھ میوٗنۍ وبِھرٕ پِژھ دگ وترٛاوان چھُ خاطرِ کاںٛہہ
پدٕن ہٕنزۍ آکھ وُچھِتھ زأنِتھ تِلِم بزٕوٗنہہ گُن قدم گرٕ تام
چھُ کس خوفِ خدا ازکل وتھ ہاوان چھُ خاطرِ کاںٛہہ
خبر کٔمۍ تام تھۄوٕمتۍ قأد یِم شام و سحر میأنۍ
سِتم سأرۍ مےٚ پننہِ باوٕنۍ لیکھِتھ تھاوان چھُ خاطرِ کاںٛہہ
زمانس بُتھ چھُ بدلیومُت چھُ کس غم کأنسہِ ہُنٛد ساگر
وتن پیٹھ ترٛیش تاپس منٛز ووٕنۍ چاوان چھُ خاطرِ کاںٛہہ



کم شوق، ہوس، ہوش، حبس تُھی جایہِ ترٛأوِتھ آس
رتہٕ دأوی جِگر گوم اوٚش دِدرایہِ ترٛأوِتھ آس

صُبح مےٚ وُچھ پھیٚشان وُٹھ دِگرس مےٚ وُچھ زن شام
کلہٕ بُتھ لٔدِتھ ژیٛوٚہ ژیٛوٚہ مےٚ وُچھ ہمسایہِ ترٛأوِتھ آس

تاریخ لیکھن والہِ ییم واقعات لیکھِتھ تھاو
ووتھ واو ووزُل وأنسہِ ہُنٛد سرمایہِ ترٛأوِتھ آس

پڑھ أس بہِتھ ژوٚرِ کتہِ تام کتھ بہٕ کرٕہا پڑھ
رتہٕ دأوی نَب اوس ترٛٹہٕ تہٕ بیٚیہِ گگرایہِ ترٛأوِتھ آس

لوٕ دِژٕ مےٚ تتھ یتھ رأچھ گُرٕمژ أس تتہِ وأنٛسن
کمہِ جبرٕ خبر سوکھ دِلک بے وایہِ ترٛأوِتھ آس

تِم زوٗنہٕ پچھُی ڈل سأل، تِم امار بیٚیہِ تِم ژھوہ
کم صُبحدم دُپہر تہٕ کم پوٚت ژھایہِ ترٛأوِتھ آس

ساگر موٗلُل سرمایہِ چھُے رنٛبہٕ وِنٛی یہِ کأشُر زیو
للہٕ واکھ بیٚیہِ کم شیٖخہٕ شُرٛکی رُبایہِ ترٛأوِتھ آس

یتھ یِی گرشُن اوس تتھ تیِ گو
نا حقہٕ افسوٗس کھشیوٚم دِل

ژبتہٕ وٕترس مژ خابٕے خاب
ربتہٕ وادن سنبھلوُم دِل

تاپہٕ زٕژن تیز آنٕچ پین
کر تلہِ دارِ پکہٕ نوُم دِل

ساگر اکھ اکھ ژیٚوٕہ اکھ وأنس
گٚوب باراہ وبتروُم دِل





رِکتھ پأٹھی رٔچھ رٔچھ تھوٗوم دِل
سل وٕنی وٕنی رٔژنووٗم دِل

دٕزٕوِنی بُتراتہ منٛز چیٚشمن
کمہِ آیہِ توتہِ اسہٕ نووٗم دِل

پدٕ پد ما گژھہِ ہے ئلی ئُل
اتھٕ زُرن کتہِ ہیٚچھ نووٗم دِل

دِمہٕ ہا کتھ کتھ کتھِ اندٕ بوٚر
رأوِتھ لٔبی لٔبی رووٗم دِل



رتہٕ دأوی گٲیم پٲدی مےٚ آیم باگہِ سفر ہٕکتی
اُف ما سأ کۆرُم چیٚنٛز پییم پژٕتھ أنہٕ زہر ہٕکتی
گٲژِ لٹہِ رٕنیوم داہٕنے گٲژِ پھرِ ژھیۆنُم نال
کم کم سِتم ژأرلم تہٕ وُچھنٛز وُنہِ چھِ خبر ہٕکتی
جوگی دٕنِتھ گو جۆلی مےٚ نےَ پھۆر ہٕکٕنٛہس کتھ
امہِ منٛزٕ نیٚبر دژایہِ سرپ بیٚیہِ أجدر ہٕکتی
سِری یَس مےٚ نےَ تھۆو ٹھۆر زٕہٕنٛے نےَ پۆر مےٚ نونس لام
قلمس مےٚ کۆنٛچھُم آے پھُٹرِم وُچھ سأ خنٛجر ہٕکتی
گٲری آسمانن وِہی تہٕ کھہلیٚو واو ژواپور
ازتام وُچھمٕتی چھِم دوہے امہِ کھوتہٕ قہر ہٕکتی
دۆستۆر زمانُک وُچھِتھ ترٛہریوس ہنا از
بشر چھُ آمُت جولہِ منٛز ہٹِتھ ونتہٕ یَم شر ہٕکتی
ساگر اما ٮِکژھ زِنٛدگی دیوانہٕ کیٚتھ دُنیا
زٲلی ہارِ گژھان راتھ دوہ بیٚیہِ شام و سحر ہٕکتی



حالِ دِل لتس باونے روٗدُم تےٚ کیاہ
سینہٕ چھوکہٕ لد ہاونے روٗدُم تےٚ کیاہ
چانہٕ کتھٕ تہٕ دار لفظن منٛز وٕلتھ
معنہٕ یمن وبۄژھناونے روٗدُم تےٚ کیاہ
ووتھ نہٕ ازتام اِضطرابس پرٕد زانٛہہ
یُتھ مژر اتھٕ راوٕنے روٗدُم تےٚ کیاہ
گیہٕ مےٚ راتس بزٕأتھی شاید پھۆل سحر
یارِ کن اِزماونے روٗدُم تےٚ کیاہ
میانہٕ لبہٕ کٔمی تام تھومُت دِتھ ضرب
ووہے یہٕ اکھ پرٕزناونے روٗدُم تےٚ کیاہٕ
آنگنس میٔانِس پیوان از سورٕ دگ
سوٚنتہٕ شبنم چھاونے روٗدُم تےٚ کیاہ
کیاہ ونے ساگر لیکھِتھ کِتیاہ ورق
وارِیاہ یاد تھاونے روٗدُم تےٚ کیاہ



چھُکھ کونٕہ تھاوان شوق بێیہِ امار سنبھأٲلِتھ
یۆد میۆن بوزکھ تھو پٔنُن انہار سنبھأٲلِتھ

ژھُر بر چھُ ژوٕواپوٕر اما کیٛاہ چھِ منگان لگُھ
کیٛاہ کیٛاہ ژٔے روزی یاد یہِ تھَو اخبار سنبھأٲلِتھ

أمی بأزی گرن کھیل ہأوِتھ مال وُٹِتھ نیٛوٗ
پنٕہِ تھف دِیِ کانٛہہ تھَو پٔنُن دستار سنبھأٲلِتھ

حبس کر پنٕہِ احساس پٔنٕنۍ زانٛہہ تہِ مَنساوکھ
دم پھُٹٕۍ گرٛھکھ پنٕہِ، تھَو پٔنُن اِظہار سنبھأٲلِتھ

از کیٛازِ گُمٕٕژ ہایہِ بُنگہِ زن چاأنۍ توأرٟیخ
وولہِ کونٕہِ تھَوو واکھ، شُرٛکی تےَ شار سنبھأٲلِتھ

کُنہِ کُنہِ چھِ گرٛزان آرِ کُنہِ کُنہِ چھِ شولان وٕتھ
تھَو ڈل، وولُر تے بێیہِ بچھوٕر آنٛچار سنبھأٲلِتھ

ڈٕکسٕہِ ژٔنڈ دِتھ ون یوِان حاصِل چھُ کیٛاہ ساگر
تھَو وعدٕہِ تٔمۍ ہٕنٛدۍ بێیہِ اپزۍ اقرار سنبھأٲلِتھ



ہیۆتُم یام غم کھٔنِتھ تھاوُن مےٚ گو دامانہٕ سرِ پانس
دۆپُن ''پوشان چھُ گس یاوُن'' مےٚ گو دامانہٕ سرِ پانس
مےٚ وُچھ گُفتار وٹسی گۆمُت یَمن سنسان کوچن منٛز
خبر گس کیٛاہ چھُ وبتراوُن مےٚ گو دامانہٕ سرِ پانس
لیکھِتھ اوسُکھ کنٕن تھۆومُت یپأرِ یِنہٕ سا پکُو ہرِگز
تَوے پیٛوم یُن اپأرِ تژاوُن مےٚ گو دامانہٕ سرِ پانس
عفو کر ژٕے خدایا بار گۆب از پوشہِ لنٛجہِ گۆمُت
اما چھُس گُس زہر کھیٛاوُن مےٚ گو دامانہٕ سرِ پانس
سٕدِر وولیٛو یِنٕن ڈُو دِتھ خبر کۆت سونٛچہِ ستھی سأری
أمِس اوس زور آزٕماون مےٚ گو دامانہٕ سرِ پانس
سحر اسہٕ وِنٛی، رنٛبہٕ وِنٛی دوہ، مژٕ ھلی تِم شام تارکھ نب
تِتھے یِی یاد ہیۆتُم پاوُن، مےٚ گو دامانہٕ سرِ پانس
اثرُ پانے کۆرم ساگر مےٚ ئلِو تقدیٖر ازموُوم
أچھو کِنٛی پیٛوم ژھٹُن شژاوُن مےٚ گو دامانہٕ سرِ پانس



زمانس زن گوٚمُت کیاہتام چھُ از سمسار وولٕیومُت
نظر وولیپہٕ، دِل وولٕیوو وُچھکھ دِلدار وولٕیومُت
رنٛگٕے بُتراٰژ ڈولمُت یَس ووٚنم تٔمؠ اٰکی ہزل گرۍنم
ژھُربر از بارسس آمُت چھُ از باپار وولٕیومُت
سوٗژُل ازکس کمان باساں چھُ کھاران زوٗنہٕ ازگُس تھٔر
مژر آمُت چھُ افتابس توٚے شۄہجار وولٕیومُت
یوٚ تامتھ گاش یِیہٕ توٚتام ژاٰنٛگِس تیٖل گژھِ پوٗشن
مگر یِنہٕ ژھیٚتہٕ کربس کانٛہہ اکھ چھُ پرٛتھ کانٛہہ یار وولٕیومُت
چھُ دُپہر دوہ مگر چھُنہٕ نندرِ موٚت وُنہٕ چیٚشمہٕ مُژراوان
توٚے شاید وُچھِم صُبحاٰے پیٚن اخبار وولٕیومُت
چھیٚ سڑکن پٹھ کٔمؠ تامتھ تھوِژ کنہٕ سوٚمبراٰوِتھ
خبر کیاہتام زاٰنتھ از ''ووٚژُل دستارٕ'' وولٕیومُت
''پگاہ'' آسہِ شولہٕ وُن ساگر یژن ما خاب دوبراوِنۍ
ووٚنۍ کیاہ گو دوستن تامتھ چھُ از گُفتار وولٕیومُت



مے تھٲوی ازتام خبر ، کتھن سوالن ہندی جواب رٔچھ رٔچھ
مے نٔے کوٗر آہ تھٲوِن کتھ ، کتی تیٖلہِ بیتاہ عذاب رٔچھ رٔچھ
مے دوٗپمس گژھ ژٕرے لگنے آے قدمن میٖون دے بوٗزِن
سُہ گو سوچس تہٕ پرٕژھنم ہے کرکھ کیاہ یم ثواب رٔچھ رٔچھ
مے وونمس از کرکھنا مُروتھا اکھ دِل ، مے سنٛبھلاوکھ
تٔمی دوٗپنم زِندگی منٛز گژھِ تھٲوُن یُتھ اِضطراب رٔچھ رٔچھ
مے وونمس بونہِ شیٖہجارا مے گوٗژھ بیٖتہِ آنگنس آسُن
تٔمی دوٗپنم چھا گوناہ تھاوِنی پنٕنی دیوانہٕ خاب رٔچھ رٔچھ
مے وونمس لونچہِ گنٛڈی گنٛڈی آش تھٲوِمژٕ چھُم وُنیُکتامتھ
تٔمی دوٗپنم جان گو تھاوِنی سبٕکلی ، صحرٲوی سراب رٔچھ رٔچھ
مے پژاران ووت واراہ کال کھسن آہ میٲنی تہٕ اسانن
کنٛڈ بن تامتھ چھِ نیٖران پوش مے تٔے تھومُت چھُ تاب رٔچھ رٔچھ
شہَن ہُند سِلسلاہ اکھ زِندگی ساگر مشی پننہٕ زانٛہہ
دوہن رٲژن ژِہن ہُند تام گژھِ تھاوُن حِساب رٔچھ رٔچھ

یـِیلہِ کُرمےٚ تُمؠ ہِنزِ بے کتھ، تُمؠ ہیُٚت رِژرمےٚ کاںٛچھُن
بِتھ بِتھ زیادٕ یا کم پزاوُن پیوان چھُ مٔنزی مٔنزی

لسُنگ جوٗن، بسنک اکھ اکھ وَل چھُ ہاوان
رٔچھی رٔچھی رٔچھتھ تھاوُن یاوُن پیوان چھُ مٔنزی مٔنزی

صبرس چھُ کانٛہہ نہٕ کانٛہہ حد سوٗن غم یہِ زِندگی ہُنٛد
کھٔنڈ کھٔنڈ کھٔنٹتھ تھاوِتھ باوُن پیوان چھُ مٔنزی مٔنزی

ساگر اَٹُر کران کُس، نکھہِ کس پیوان چھُ والُن
وُچھ وُچھ یہِ دِلِ افسوٗس کھیاوُن پیوان چھُ مٔنزی مٔنزی





بے چارٕ دِل زہر تام چاوُن پیوان چھُ مۆژی مۆژی
بے جا دولابنٕے مٕنٛز راوُن پیوان چھُ مۆژی مۆژی

کٔمی تام جاأدی مأنٛتھر دِژٕمژ چھےٚ سونٛچہِ سٔدرس
اتھواس پیٛرنٕے ءٔتی تھاوُن پیوان چھُ مۆژی مۆژی

کتہٕ تام پیٛٹھٕ گچھر ہیتھ افتابہٕ یور آمُت
یُتھ رنٛگ و ڈھنگ وتٕنک چھاوُن پیوان چھُ مۆژی مۆژی

ژھیٛنٕمُت ہلم میوٕنٕے تٔمی ءٔنٛز یٔژھ سخاوتھ
تٔس بڑوٕنہہ کنہٕ اماپوٚز ترٛاوُن پیوان چھُ مۆژی مۆژی

نظرٕ خوگر، دِل یہ خود سر بے نیازی ہُنٛد مژر
زانٛہہ ژھٕر بٕر کانٛہہ ہاوٕنک ما گو مےٚ دامانس اثر

از چھُ ما پُرسان کس کیٛاہ رود اِڈ کُس کور لوٚگ
پان داوس لوگ کٔمۍ، گو کبتھٕ یہِ بے زانس اثر

زٔنہِ راٗ ژن ہُنٛد یہِ دیٚت چھُم چھُم ژھوکان دُب دُب دِلُک
راتھ دوہ بر یلہِ تھاوٕن گو یہِ میخانس اثر

یَتھ وجوٗدس میٛانٛسے ساگر چھِ کِتیاہ زاگ ہتھ
پانٕہِ کھورم پان أچھن پیٹھ گو مےٚ یِ پانس اثر





وانے زۄنچھِ بزٲنٛز کِہ سنہٕ گو یہِ اِنسانس اثر
دۄد شمع راتس مگر گو کیٛازِ پرِوانس اثر

وُچھ سأ روٹ دامانہٕ پژھِ ہُنٛد دشہِ گنٛڈِتھ اسہِ جِگرٕ کۄر
نۄفلہٕ پٔری پٔری پھو نہٕ رۄدٕے گو یہِ اسمانس اثر

خۄنہٕ ٔسری ارمان، ژھایُت چھُم ژپل ہُتھی پھیٛر گۄمُت
یارٕ وٕے کٔر یار مأری گو نہٕ بیگانس اثر

رۄد پھیران تھکہٕ روس ازتام دوہے سمٔیک ژٕکر
گُل پھولان رۄدی صحراون گو نہٕ وٲرانس اثر

شِکوٕ کرنُک دفترٕے یِیٚلہِ گاو کھیٚو
پژانہِ کتھٕ ما یاد زانٛہہ پاوان چھُ سُے

کعبہٕ تے بُت خانہٕ چھُکھ میٛون، چانہِ روٗس
کانٛسہِ بزٕ وٕنٛہہ کنہِ سجدٕ ما تژاوان چھُ سُے

یِیٚلہِ تہٕ آس تیٚلہِ ڈٲلی ہتھ تارکھ ہلم
داغ سینٕکی توتہٕ ما ہاوان چھُ سُے

بُتلہِ پیٹھ چھُس، آسمانُک سایہِ چھُم
ژُنلہِ یکٕی یکٕی وُنلہِ ما راوان چھُ سُے

اُسی کم تام کارِ ووٕگنہٕ شوٗبِدار
زادِ راہ تِہنٛدے بہٕ خرچاوان چھُ سُے

نظرِ تل ساگر مےٚ وُنہٕ ور ہٕج نظر
شر یہِ سمٛیک وُچھتہٕ کیٛاہ پژاوان چھُ سُے



خۄنہٕ سٕری گُلی ٹلی ژٕرے ما ہاوان چھُ سُے
گُل رچھاں ژٕیَے ٕکتی بہٕ گٕنڈی چھاوان چھُ سُے

زہرٕ پھیکھ کھیَتھ پھُٹ نہٕ زانٕہہ میۆنُے بٕتر
سٕدرٕ منتھنہٕ امرٕتھا چاوان چھُ سُے

میۆن ژھایٔت کر نہٕ گو صحراۓوی بُزی
ژۄرِ ون ما کانٕہہ کتھاہ تھاوان چھُ سُے

موٚختہٕ فوطس زانٕہہ تہٕ ما ونہٕ نُے توٚگُم
چانہٕ کہوچہٕ پان پرٕکھاوان چھُ سُے

خبر کیٛاہ گوس ہأون وتھ نارس کیٛازِ لبستی گُن
زورُم کوتاہ سۆرُم کوتاہ تہٕ ارمان نیٛنٛدرِ سأوِتھ دژاس

دوہس زُنہٕ راتھ راتس دوہ وُنُن منظوٗر ما اوسُم
پزٕر گارُن پزٕر ژھارُن بہٕ کتہِ زانٛہہ منسأوِتھ دژاس

سو ون چھِچھ، ناگہٕ جوے، سبزار، خوشبوے پوشہٕ باغن ہُنٛد
وراثت میٛأنی یہِ میٛأنی ارزتھ بہٕ ما زانٛہہ مُشرأوِتھ دژاس

أچھر والن تورُم موٕختہٕ ساگر بوس لۆژٕرووُم
مےٚ گو ناسُن مگر آسن پٔژُن بو باسہٕ نأوِتھ دژاس





نظر ور ہٲج تہٕ رِش زنٛچ عداوتھ آزمأوِتھ دژاس
شُہُل شبنم، سوٗنژل اسہٕ وِنۍ تہٕ مٲژ ہِش راتھ ترٛأوِتھ دژاس

ورق گٲژتام توٲرٟکۍ بچیمتۍ آسۍ اتہِ کِہۍ تام
مےٚ وُچھ اوند پوٚکھ دزان سوزٕے وچھس منٛزیم بہٕ تھأوِتھ دژاس

کنہٕ اوس اتہِ وُپھن ہیوٚچھمُت زُوس آس رأچھ گرٕنۍ لأزم
بہِ سمٛیُک شاپھ وُچھِتھ ترٛیٚہر یوس پٔژن حال کس بہٕ بأوِتھ دژاس

زماٹکۍ ییٚلہِ گٲیم تسلے دِلس تسلاہ دِوان روٗدُس
قسم کھیےٚ گٲرم کٲمۍ پڑھ سوکوٗنے راوِ رأوِتھ دژاس



بے چارٕ دِل مێوٗنۍ رٕچھ رٕچھ تھوان چھُ یِم غم
تِم اسنہٕ گِنڈٕنکۍ دوہ کِتھٕ پأٹھۍ ونتہٕ مشنم
اکھ اکھ دوہ یہٕ محشر کِتھٕ پأٹھۍ بہٕ نکھٕ والان
تارکھ چھِ گٔس نصیبس سوٗنبران چھُس بہٕ شبنم
وصلُک یہٕ کیٛتھ حسرت پروانہٕ ڈٕدۍ کِتیاہ
شمع روزِ رقصان دزان روزِ پیٛہم
حُسنچ یہٕ بے نیازی کس کیاہ چھِ کرٕناون
گُستاخ واو سپدیوو گرٕنس زُلف برہم
کُس کُس چھُ لولہٕ شرہتھ کس کس چھےٚ شادمأنی
کس آسہِ باگہِ پزارُن کس بنہٕ یار ہمدم
وشفن اگر ووتھ تھوٗد بُتھِ پیٹھ نقاب یارس
سو تہٕ آسہِ وِز بدلے کتہٕ روزِ زوٗنہٕ چم خم
ساگر یہٕ چھوکہٕ لد دِل ہاوکھ تہٕ کس ہاوکھ
باوکھ تہٕ گٔس باوکھ کس چھیے نہٕ چیٛشمہٕ پُرنم



وولہٕ وُچھ دوہلی ژٲنٛگۍ از زالان چھُ شہر میٲنۍ
یم ظُلُم و سِتم ٲکۍ وُنہِ ژالان چھُ شہر میٲنۍ

سٕدر چھُ پٮ۪ٹھ پان بیٛتہِ پُترٲن دٔریاوس
خاموش روٗزِتھ وُٹھ وٲتھ نالان چھُ شہر میٲنۍ

سوٚنچِس چھِ راوان حد یامتھ گاش وٹان أچھ
مُرۍ مُرۍ چھُ اکھ اکھ شہہِ از کھالان شہر میٲنۍ

ہُم شام و سحر گٔژرِتھ چھِ والاں نکھ پٮ۪نٕنۍ دوہ
بیٛتہِ راتھ دوہ سمیس تہِ نس ڈالان چھُ شہر میٲنۍ

پدٕس پتے پوٚد بیٛتہِ چھُ زاگان، ژھاے پٮ۪نٕنۍ دُشمن
سیٚزِ وتہِ پکہِ یُس وتھ تمِس ڈالان چھُ شہر میٲنۍ

اکھ بُسۍ تِیاہ بُتراٲژ نبر کونہٕ بناوو
مندورِ محل خانہٕ بیٛتہِ زالان چھُ شہر میٲنۍ

ساگر فرِشتن ٲسۍ وٲں یارانہٕ لاگو أسۍ
سیٚوٚد آہ کرنس پٮ۪ٹھ تہِ از وولان چھُ شہر میٲنۍ



رٕچھ رٕچھ مےٚ تھاوٕم چانہِ تنٛچی آش یٕہم نا
ون پڑارِ کوتاہ چھٕم نہٕ ووٕنی برداش یٕہم نا
لالس چھٕ دِلس داغ پھولن ییٚتہِ چھِ کنڈٕ بن پوٗش
یِم راز ساری کر تہٕ ژٕرے از فاش یٕہم نا
زِندگی آویز فقط وُچھ مےٚ شہن دوٕن
امہِ پتہٕ تہِ مولوٗن چون اکھ یاداش یٕہم نا
وُچھ سوٗنتہٕ پھٕلے لٕج مےٚ زخمن ہردِ چھٕنتھ پیوٗس
از میانہِ متیا تلنہِ اتھ پُرخاش یٕہم نا
صحراوٕنے منٛز ونتہٕ کٕی اکی دِژ مےٚ دِلس ستھ
کمہِ آیہِ واٚلِم نکھ دوٕہے پاداش یٕہم نا
راتس مےٚ لٕیٚ کھٕم چون گُل اندام سراپا
خبرٕے نہٕ روٕزِم کر سنا پھوٗل گاش یٕہم نا
ساگر کھٹِہِ کتھ راز ئلی ننہِ وانہِ ونی از
کھسہِ بوٗش وتن نیرِ کھتن واش یٕہم نا



یہِ دِل دوٗربر کوتاہ ذرٕ، سُہ کتھ بالا درے بیٚوٗٹھُم
تمِٕس کیٛاہ غم گُس کیٛاہ کرِ، سُہ کتھ بالا درے بیٚوٗٹھُم
دِلُک سرمایہِ تمٕی ہٕنز ستھ، مےٚ لیکھمس نا خطن پیٚٹھ خط
یِیس فُرصتھ تہٕ شاید پرِ، سُہ کتھ بالا درے بیٚوٗٹھُم
تمِٕس کتہِ روٗد چشمن سرٕ ییٚہہ، مےٚ چھِم کھیٛاوان گرِ گرِ ویٚہہ
بہٕ کیٛاہ دِمہٕ ونتہٕ نارس نرٕ، سُہ کتھ بالا درے بیٚوٗٹھُم
یہِ میٛون موحبتھ سیٚزر میٛونُے، بنان کُنہ کُنہِ مژر میٛونُے
یِیا لتس خوش کُنہِ لتس کھرِ، سُہ کتھ بالا درے بیٚوٗٹھُم
وُچھِتھ تتھ ناز شبابس، گژھان متھ زوٗنہِ آفتابس
سُہ گُس اتھ نارِ سٔدرس ترِ، سُہ کتھ بالا درے بیٚوٗٹھُم
قیامتھ بس قیامتھ اتھ چھُ وُچھنُک کس سنا طاقت
ڈبکس افتابہٕ چھبس زوٗن لرِ، سُہ کتھ بالا درے بیٚوٗٹھُم
ونان ساگر سُہ چھُم سنگدِل، مےٚ چھُم باسان سبٹھاہ مُشکِل
وٕنۍ کتھ پیٚٹھ اتھہِ دامن برِ، سُہ کتھ بالا درے بیٚوٗٹھُم



چھُنہٕ واو دِوان زالِنۍ از ژونگ غمخانس
ترٛوپرِتھ تھٲویم دارِ بَر پوٗشِس نہٕ طوٗفانس
ازتام تھاوم داغ کھٲڈ کھٲڈ کانٛسہِ ہاوِم ما
ووٚنۍ پیٚوم کرُن زوٗل خبر کیٛازِ آسمانس
وأجِب ٹُلُن چھا کرٛول چھوکن نخقہٕ بے چارس
ٹُلہِ خاہ مخاہ ہِنہٕ کُنۍ تہٕ پتہٕ کیٛاہ وٚنۍ زِ دیوانس
کم ہیٚہِ بدن پوشہٕ مدن لگۍ تہٕ داوس لگۍ
دوٗد پانہٕ شمع ونتہٕ کمیٚگ بوشن پروانس
سُہ تہِ اوس وکھ ییٚلہِ شہُل دِوان اُسۍ شِہلۍ کُلۍ
تم از چھِ دزان پانہٕ کران گرٛاو زمانس
یامتھ چھےٚ لگان زہر چھوکن تام ہُران دگ
گرٛشہِ کوٚت سأ؟ کُٹُن چھُنہٕ شفا ازکُنہِ دواخانس
ساگر چھُ صُبح و شام ہاوان بأزی گر سِنٛز بأزی
ییٚلہِ دِلبرے کرِ دُشمنی کیٛاہ وٚنۍ زِ بیگانس



آسمانس رنگ چھُ ڈولمُت آفتابس کُس خطا
تارِ کمیُ تام ژچہِ ربابس مِضرابس کُس خطا
گاٗسہٕ گاشس تل ہِہتھ چھُکھ کربکہٕ دِوان ہے پھوٚل سحر
دژلیہِ ژھٹھ ئرٕ پٹھیٚ حُبابس اِضطرابس کُس خطا
ہنگ ززرٕیمتی چھِ گس گس ننگ و ناموس رووُمت
رنگ پھولنےٚ ڈوٚل گُلابس تیٚلہِ شبابس کُس خطا
ژارِ کوٚتامتھ دودس گٕنڈٕ بارِ کیٛاہ کیٛاہ چھُس نکھس
ہوش ڈٕیمتی زاٗنیابس ذاتہِ پاکس کُس خطا
ون جواب میاٗنِس سوالس بد خصالس ذات چھا
اند شانٛد چھا گِردابس ساٗلابس کُس خطا
چھےٚ نہٕ کمی لتس خطہِ خالس یا کمالس وٗنی زِ کیٛاہ
حد چھُ اٗخر اتھ حجابس صبر و تابس کُس خطا
حبس کمیُک راوِ راٗوِتھ گُلو گٕنڈِتھ گس نیمکھ
آکھ ہنہٕ ساگر دولابس ون ثوابس کُس خطا



یِیٚلہِ روٗد پرٚدن ژھایہِ، بے ولیہِ دِلے روو
تنٛبلیوٗ زُلفچہِ گژایہِ کمہِ آیہِ دِلے روو

اکھ اکھ نظر مدہوش، سراپا چھُ پوٗشی پوٗش
پھلیٚاہ چھِ لٔس برجوش، امہِ شایہِ دِلے روو

خابن نہٕ کانٛہہ تاثیر، کتھ کتھِ چھُم تأثیر
کھوٗٹ چھُم پٔنُن تقدیر، بڑٕ پایہِ دِلے روو

گرٛژھِ کوٚت استانس، برٕ وٕتھی چھِ موے خانس
پرٛژھِ کُس سأ دیوانس، کمہِ تژایہِ دِلے روو

چھُم ٹوٗٹھ کوتاہ غم، سُے یوت چھُم ہمدم
وُچھی وُچھی مےٚ گرٛھان برم، امہِ نیٚایہِ دِلے روو

دوٗر بر چھُ سبٹھاہ کریوٗٹھ، کتھ جایہِ کھٔتھ بیوٗٹھ
ازتام مےٚ کتہِ سأ ڈیوٗٹھ، کمہِ جایہِ دِلے روو

ساگر ژٕ پکھنا باز، متہٕ کر تہِ اِفشا راز
متہٕ پرٕ تہِ لُکن واعظ، بےٚ پروایہِ دِلے روو



زِندگی ہُند سوز یُتھ ہیٚیہِ ساز یُتھ
میٚون طالع واہ یہِ میٚون ہمراز یُتھ

رأتی رالِس رۄد أچھن تل زۄنہِ گاہ
وِزِ چھےٚ مدہوش ہیے یہِ میٚون دمساز یُتھ

اکھ جِگر چھوکہِ لد تہٕ ہیٚیہِ آوارِ کل
لس مےٚ ازتام بوو ما زانٛہہ راز یُتھ

چشمہِ سورٕمٕلی ہیٚیہِ تیٚشر وُزمٕلی نظر
سرٕوِ قد کس آسہِ ہیٚیہِ انداز یُتھ

عالماہ گژاین تہٕ پۄت ژھاین فِدا
بس یہِ میٚونُے شۄبہِ وُن ایاز یُتھ

چھُم یہِ سۄن اِحساس پانٛس راہ نما
کانٛسہِ آسیا زیونُت زانٛہہ باز یُتھ

کیٛاہ کرکھ ساگر اگر وۄتھ پردِ تھۄد
بوزِ کُس سأ پتہٕ یہِ چونُے واعظ یُتھ



ونہٕ کوتاہ کیٛاہ کیٛاہ بہٕ ژالن چھُس، ییٚلہِ لوسم دوہ تیٚلہِ پھیری ناہ
کیٛاہ کٲری کری دم سنبھالن چھُس، ییٚلہِ لوسم دوہ تیٚلہِ پھیری ناہ
یہِ چھِ وقتٕچ کیٛاہ ہتام مجبوٗری، نتہٕ کُس کرِ گاشس گوٚٹ گُلہِ میوٗٹھ
کم ہاوس اکہِ اکہِ زالن چھُس، ییٚلہِ لوسم دوہ تیٚلہِ پھیری ناہ
وَچھ دزٕوُن صحراو نظرن تل، پچھِ وادے تچھِ تچھِ پچھ کرتل
گچھ کرِ کتھ لوٚ گمُت بالن چھُس، ییٚلہِ لوسم دوہ تیٚلہِ پھیری ناہ
چھم ژپٚھ ہبتھ وہراتھ چشمن منز، بیٚیہٕ خاب رٕیمتی مُدیا گنٛڈِتھ
ول کٲری کری کیٛاہ ٹالن چھُس، ییٚلہِ لوسم دوہ تیٚلہِ پھیری ناہ
شامہِ ژھاین مےٚ پرٕ ژھوو چونٕے پےٚ، کلہٕ نوٚ مرِتھ بس اُسنا کوٚ رہم
تنہٕ گوٚمُت بہٕ کمن جالن چھُس، ییٚلہِ لوسم دوہ تیٚلہِ پھیری ناہ
چھُم نہٕ ونہٕ نَس وارلیٛکھی لیٛکھی تھوِ ہا، گوٚ ژھ نہٕ اوٚش میوٗن اتھ ہےنہناوُن
حال باون سنگرمالن چھُس، ییٚلہِ لوسم دوہ تیٚلہِ پھیری ناہ
سرِ شامے کھٔنڈی پھُٹ زوٗن وُچھم، ہے ساگر یِتہِ چھے غنیمتھ
ننہِ نبہٕ یم تارکھ والن چھُس، ییٚلہِ لوسم دوہ تیٚلہِ پھیری ناہ



کھسُن دارس چھِ شہادت ہیے چھُیا پےَ
گرِنٛ سیۆد کتھ بخاوت ہیے چھُیا پےَ
دِلُک حسرت تہٕ چشمن منٛز یہِ وحشت
یہِ گیہِ تمٕ ہنٛز عنایت ہیے چھُیا پےَ
مےٚ کتہِ رۄز توژھ یہٕ کرٕ برداش دۄربر
مےٚ چھُم برنٛز برنٛز قیامت ہیے چھُیا پےَ
وژھج اکھ اکھ نظر شیٚہلتھ دِلن رِکِژ
چھےٚ شفقتھ بُڈ کرامت ہیے چھُیا پےَ
یہِ دُنیا ہے گرژھی اوسۆدِ آباد
اگر آسی نداِمتھ ہیے چھُیا پےَ
حسُن مونٛم چھُ آسن مس تہٕ مغرۄر
چھُ عشقس جذبہٕ حاجتھ ہیے چھُیا پےَ
بجر تمٕ سُند چھُ ساگر وکھِناوان
تمِس بس یی عبادت ہیے چھُیا پےَ

سانہِ کتھٕ زانٕہہ کأنٛسہِ ما پٔیہن بازرس
ووتھِ اگر زانٕہہ پن یٔمن ون کیٛاہ کرکھ

چھِم مےٚ بس یٖم چانہِ باپتھ لیٚکھمتیٚ
شار میٚأنۍ گرٕٛھنےٚ کٔنن ون کیٛاہ کرکھ

زہر چٕکھ پانس حیاتس سگ دِیکھ
گو نہٕ زن سٕدرٕ منتھن ون کیٛاہ کرکھ

لول برِ ساگر اگر کانٛہہ ڈٕ دونن
پوشہِ مرگن گرٕٛھ دِنن ون کیٛاہ کرکھ





حالِ دِل ما چھُے نٮ۪ن ون کٮ۪اہ کرکھ
کر ژٕ یِکھ چھُکھ ما وٮ۪ن ون کٮ۪اہ کرکھ

وُٹھ وٕٹھ تھاوکھ کھٕٹِتھ روزیا امار
اتھ تہٕ ما چھکھ زانٕہہ سٮ۪ن ون کٮ۪اہ کرکھ

زِندگی منز دوسدارُن ہُند چلن
یاد پٮ۪ی منز مارکن ون کٮ۪اہ کرکھ

صُبح پھولنس ہٕتی پزی موکلیہٕ رات
کوس وٮ۪ن گٕیہٕ تارکن ون کٮ۪اہ کرکھ

یہِ کٔمۍ بۆر خام پیٚالن مس یہِ کٔمۍ دۄپ یَم بہ پوٚختاوکھ
یہِ اوس گُستام متیٚومُت اَس شاید لَس شرانٕچ شے

یہِ کرِتھ فطرت گٔمژ یاٗغی خُدایا کر عفو گونہٕ ہَن
غنیٖمت ییٚتہِ چھِ وُنہِ کانٛہہ رٔچھِتھ تھاوان ژوانٕچ شے

پٔنٕنۍ ساٗرٕے عبادتھ لَس مےٚ بس اَس آیہِ تن تھٔوٕمژ
مےٚ اوس توقع خبر کیٛاہتام مےٚ کتہِ اٗسم عذانٕچ شے

ژٕ تھو ساگر لیکھِتھ واراہ ہُربر دے کرِ پرن والین
گٔھژِتھ سازنٛدرٕے وُنہِ کٔمن ژٕ تھوتوتہِ سوز و سازٕچ شے





بےٚ پڑھ مؤسم، بےٚ پڑھ اسمان چھےٚ کس وونۍ افتاپچ شے
دپان بدلان یہِ دُنیا اوس چھےٚ کس وونۍ انقلابچ شے

دوکھل یم دوہہ، چھوکل یم شام، یہِ مۆت روٗتل سحر وِر ہۆل
صبر کتہِ تام ہِتھ ژپٕھ دِتھ چھےٚ بس وونۍ اِضطرابچ شے

سوکھن لۆگ دژوت یہِ وق جأیر دُتیغل شژ اکھ چھبس دردس
گٕمو از نیٚہہ نیٚندِر روٗحتھ چھےٚ کس وونۍ کُنہِ تہِ خابچ شے

چھُ آدم خور آدم از کران کیٚاہ کیٚاہ ؤلِتھ پانس
أمِس چھےٚ نہٕ زِندگی ہُنر ستھ أمِس کمہِ تام سرابچ شے



ہژر چھُم نا زہر کھیاوان بڑژزِبن مژز
مژر چھُم جامہِ ژٹِناوان بڑژزِبن مژز
زمانن ونتہِ کس ئر پرِدِ دأری
یہِ کُس چھُنہِ أنہِ ییٚتہِ ہاوان بڑژزِبن مژز
تھٔوِتیم ہیے رئِچھِتھ أشہِ پھیٚری أچھن مژز
ونس کیاہ چھُم مےٚ ودِناوان بڑژزِبن مژز
دِلچ کتھ ییتہِ نہِ تِتھِ واتان وُٹھن تام
چھِ ہاوس راز نُژراوان بڑژزِبن مژز
یہِ تارکھ نب افتاب زُوٗن وُچھتکھ
یمن تامتھ چھُ نژناوان بڑژزِبن مژز
یہِ بُژرات ییٚلہِ مےٚ تٔمی خأرات دِژنم
سُہ دوہ کیاز یادِ چھُم پاوان بڑژزِبن مژز
اگر ساگر مےٚ سمکھیم بس یہِ پرژھِ ہَس
ژِ رِتھِ چھُکھ لول پرکھاوان بڑژزِبن مژز



سپنہٕ مُژرِتھ بَس تِمُس ہاوُن پٲیَم
پپنہٕ ہپنے کینہٕ مُنساوُن پٲیَم
کٲژِ باسان بور گۆب چھَم زِندگی
از مےٚ تَس سۆن راز یُتھ باوُن پٲیَم
تھۆونہٕ ازتام زانھہ لیکھِتھ کُنہِ کُے حِساب
وُچھ تہٕ بڑٕژ بڑٕژ وونۍ ژِتَس تھاوُن پٲیَم
دِل رٕٹِتھ موچھِ منز تہٕ پھو دِلسے پڑٕژھُن
ونتہٕ دِلبر کِتھٕ مےٚ رٕژناوُن پٲیَم
تَس چھُ عادت آزماوُن بار بار
کٲہ ونم یۆد مےٚ تہٕ سُہ پڑکھاوُن پٲیَم
میٲنۍ ہاوس لولہِ ہپے کانچھان آے
کٲہ خبر کٲہ مےٚ وبتراوُن پٲیَم
اَنہٕ تھاوس بڑٕونھہ کنہِ کینٛہہ ما ونس
یی گرِتھ ساگر سُہ اسہِ ناوُن پٲیَم



تمٕس نےٚ آب چیٚشمن نےٚ دِلس لَس سرٚیہہ بہٕ کیٚاہ ونہٕ ہَس
وُنِش لُجمٕز مےٚ امارن اندری چھِم ریٚہہ بہٕ کیٚاہ ونہٕ ہَس
وُچھِم نا گاشہٕ سٕری سپدان کأتیاہ یتھ گٕلِس اندر
پوان ییٚتہِ کھیٚوٗن چھُنا کیٚنژن اماپوٚز ویٚہہ بہٕ کیٚاہ ونہٕ ہَس
یہِ رِکرٕ ھ دیوانگی چھُم باگہِ آمژ ہے وٕنو کانژھا
بیگُر چھُم جام اتھے بے حبس دپان چھُم چیٚے بہٕ کیٚاہ ونہٕ ہَس
یہِ کیٚنٕہہ تھوٗمُت رٕچھِتھ اوُسم تھوٚوم لَس پیٚش کش زأنِتھ
مگر تمٕی ما أچھی تُج تھوٚد مےٚ زن پھٕ ویٚہہ بہٕ کیٚاہ ونہٕ ہَس
أچھن منز چھِم اَچھر رٕچھِتی اگر الغابہٕ وُچھ تمٕی زانٕہہ
ڈلبس رویس رنگےٚ، راوبس نیٚنڈٕر تے نیٚہہ بہٕ کیٚاہ ونہٕ ہَس
حیا انُہر تسُند بس میٚانہِ باپتھ زن تہٕ اکھ اِلہام
أچھن ہُند گاش، زُوٕنچ آش سو وُزملہِ تیٚہہ بہٕ کیٚاہ ونہٕ ہَس
ژٕےٚ کتہِ وُزِنے سیٚکلبن ناگ ظُلماتس دزِنےٚ ژأنگی
بُڈِتھ یوٗلِتھ ووٗنُن ساگر ژٕ یرٕ ھ کتھ کھیٚےٚ بہٕ کیٚاہ ونہٕ ہَس



سُہ پیٛیہِ نا آیٖتن تھاوس سبزر پٔنٛنؠ ۂژر پٔنٛنؠ
ہیوٗکُم ماتس مےٚ بأوِتھ حال مےٚ رۄٗدُم ٹھُرِ کجر پٔنٛنؠ
سیٖکتانس اندر رۄٗزِتھ وُچھِم خاب پوشہِ چمنَن ۂنٛدی
مگر افتابہِ رۄٗدُم توتہِ ہاوان سٔخ ترٛژر پٔنٛنؠ
یِمن کوتر وۄبٕن تامتھ پھوان تھاوِنٕ چھِ تھٔچہِ دِی دِی
پرٛژھوکس از چھُ وولیٖومُت خبر کتھ پٔٹھ شہر پٔنٛنؠ
دوٚہے وٕتھ چھا شونٛگِتھ روزان وۄتھان گُنہِ گُنہِ ملر آبس
چھُ کس کس بیٛتہِ پھوان ہاوُن بٕتُر پٔنٛنؠ جِگر پٔنٛنؠ
دوٗپُم پانس زِہِس پٔٹھ چھُکھ مٔہ کر غفلتھ پچھتاوکھ
خبر کیٛاہ کیٛاہ کرِناوی لوٚژر پٔنٛنؠ گرٛژر پٔنٛنؠ
سِتم تٔمۍ سُنٛد مےٚ اکھ اکھ یاد مگر ماشِکوٕ کوٚرمَس زانٛہہ
مےٚ اندری کیٛاہ نہٕ وٕترووُم مےٚ کس ہووُم بجر پٔنٛنؠ
روٗس اتہِ گژھ نبس تارکھ دوٚہس راتس نژان بُترات
ژٕ ساگر ٲلۍ سنان کتھ چھُکھ چھُ تس بحروبر پٔنٛنؠ



ٲلی گاٮ۪ژ شُرکی تہٕ بیٚیہٕ زولانہٕ مےٚ
ڈٲلی ژٕمی ہنٛز ٹاٗٹھی یم ہٕسامانہٕ مےٚ
منٛز سنکستانس دوہے کوٗچھُم شُہُل
لوٚب نہٕ ازتام واپے گنہِ استانہٕ مےٚ
اوٚبرِ لوٚنگ اکھ دزٕ اوزٕ پھل ژھانجن رِگنٛدِتھ
تن مے شیٚہلاوہم یہٕ اوس گُمانہٕ مےٚ
بارِ گنٛڈی چھکرِتھ وتن منزِل نہٕ ویٚود
وُچھ نہٕ ازتام کٮ۪تی تہٕ ژھی وکانہٕ مےٚ
یادِ وٕ ترِچ ریٚہہ مےٚ چھُم زالان جِگر
وُچھ رٕنیومُت از توٗے دامانہٕ مےٚ
اوس میٚنے مانان سُے محرم راز
از سُہ دِلبر چھُم وناں بیگانہٕ مےٚ
از چھُ ساگر دِل گوٚمُت بتھی پھیٚر سبٹھاہ
کوٗت کالا روزِ ہے ہمخانہٕ مےٚ



ہاوسن منز دِل مےٚ چھُم راوان گژھے
چھُم أچھن منز کیٛاہ یِہ رقصاوان گژھے
شبنمس یئیتِہ ونتہٕ پانس چھا بقا
گنٛڈی تھرٕن تامتھ چھُ مُشکاوان گژھے
منز أچھن تصویر تمٔی ہٕنز تھوِ رٔژتھ
أنہٕ آدمی قد یِہ وُچھِہ ناوان گژھے
ییٚلہِ گنٛڈان رؤد دشہِ استانن سرٕزر
مُتی مژر چھُم شکھ مےٚ ووتلاوان گژھے
گو أچھن منز اوٚش وٕژس یِہ تہِ جان گو
کیٛاہ ونے چھُم غم تہِ سنبھلاوان گژھے
بوزٕوے بے چارٕ دِلے ہانٛژٕ لوٚگ
زانٛٹھی ووٚش ہے اوس نتہٕ ترٛاوان گژھے
از چھُ ساگر للناوان دگ ویٚکھرٕ
خال کأنسی حال اوس باوان گژھے



خاب کائنیاہ بۓ چھُس گران تنہا
پانہٕ ہیے ستی بۓ چھُس اسان تنہا

چھُم نہٕ فرصتھ نۓ بۓ چھُس آوُر
یادٕ ؤترس اندر زُوان تنہا

آسہِ یَس تُسی چھُ راونٛک غم
چھُم مےٚ بَس از پٔنُن پان تنہا

چھُس بۓ رِکتھٕ پاٗٹھی یہِ دوہ نکھٕ والان
رأتی راتس بۓ چھُس ژمان تنہا



نال ژھٕنٛنمُت ژھٕنٛن مُتے دامانہٕ یُتھ
مٕنٛن طالع کیُتھ یہِ دِل دیوانہٕ یُتھ
بارٕ کٔنڈٕ زن یادٕ وٕترٕچ پوشہٕ مال
نٲلِ گومُت از مےٚ چھُم زولانہٕ یُتھ
اوٚش وٕٹسٕ گومُت أچھن منٛز کیاہ ونے
آسہِ کَس طالع ورس ہم خانہٕ یُتھ
چون روشُن چھا پٕزی از کِنہٕ چھُ برم
کیاہ پتاہ پوشیا دوہے یارانہٕ یُتھ
اکھ نظر مدٕمأتی یہِ مٕنٛن آوارٕ دِل
ہوشہِ ڈلہِ نا وچھِ سُہ ییلہِ جانانہٕ یُتھ
آے کانٛچھان رُمہٕ ریٔشن چھِی میأنی رُم
پیش کش چھے مٕنٛن دِل نذرانہٕ یُتھ
روٗد کتہِ ساگر سُہ شبنمٕ نو بہار
باگہِ آمُت از مےٚ چھُم وٲرانہٕ یُتھ



چھےٚ راحتھ چاأنی شفقتھ میانہِ باپتھ
نظر چاأنی چھےٚ مُروت میانہِ باپتھ

ژٕےٚ روس یوٚد دِل بہٕ پنہٕ نٔے کأنٛسہِ دِمہٕ ہا
یہِ اَس تیٚلہِ بُڈٕ حماقتھ میانہِ باپتھ

سِتم اکھ اکھ کرم چونٔے مےٚ چھُمناہ
عنایتھ بس عنایتھ میانہِ باپتھ

چھوکھے چھوکھ سینہٕ تارکھ نب چھُ میوٚنٔے
یہِ گیہِ چاأنی رفاقتھ میانہِ باپتھ

گوٕ سنا چھُس گنڑان گیٚچھِہ واوس
چھُس بہٕ شاید تھُران داستان تنہا

وولہٕ بہٕ ہاوے گرٕ بۆ رُت چھُمنا
بَس چھُ بس بہٕ میوٚن مکان تنہا

پہرٕ دارن چھُ ما شمار میانین
چھُس بہٕ بس بچھور بے زبان تنہا

چھُکھ ہوٚجوٚمس منٛز کُنیٚ زوٚن ساگر
گاہ زُوان تےٚ گاہ مران تنہا





أچھو وُچھمُتھ تہِ پژٕنآوُن سہل چھا
یہِ دِل خوٗنِ جِگر چاوُن سہل چھا

سٔدٕر چیٚشمن اندر دامانہٕ ژھیوٗنمُت
یہِ غم تس بےٚ غمس باوُن سہل چھا

مےٚ نےٚ بیٚہنےٚ دِتُن ییٚلہِ جنتس منٛز
یہِ دُنیا ونتہٕ تیٚلہِ ترٛاوُن سہل چھا

یہِ ژھوپہٕ تمیٚ سٕنٛز ئنٛز لوٕلچ اِجابتھ
یہِ میٛون طالع یہِ ازماوُن سہل چھا

تھۭکان کُس چھُ نہٕ چاۓنی بےٚ نیازی
چھےٚ کتھ کرٕتھ تیٚلہِ عبادتھ میٛانہِ باپتھ

خبر کِتھٕ پاۓٹھی از پٮ۪وس یاد مےٚ کُن یُن
پھُٹہٕر أمی از ریوٚایتھ میٛانہِ باپتھ

ہوس حدٕ روٗس تہٕ غم ہمدم مےٚ کوتاہ
ژٕ حاتم پٔژھ سخاوت میٛانہِ باپتھ

بہٕ کس کرٕ شِکوٕ ساگر کس بہٕ روشےٚ
زمانن رٕژھ عداوتھ میٛانہِ باپتھ





از چھےٚ نہٕ گُنی ئنٛز سو کرامات مٔنزورٕ بن
وونی گُس چھُ وُچھان ساعت پران شاثت مٔنزورٕ بن

پۄتھ جایہِ گرٛھان نظرِ فقط راتہٕ موٚغل آلی
کیٛاہ سنہٕ زأنتھ تیٚلہِ بہِتھ اناتھ مٔنزورٕ بن

دارِبَر ٹنگو ٹنگ وٕتھی توتہِ گُنٛے زوٗن
وونی چھےٚ نہٕ یِوان زاثہہ تہِ کاثہہ برات مٔنزورٕ بن

وولہِ ژأنگی تھُرو، زوٗل کرو، گٹہٕ ژٔلہِ راوَو
زألی ہارِ گرٛھن نتہٕ دوہے دوہہ راتھ مٔنزورٕ بن

مےٚ گرٛژھ یێتہِ بیٛاکھ اکھ بُتراتھ آسنۍ
أکِس منٛز پان وێپراوُن سہل چھا

نہٕ کانٛہہ رہبر، نہٕ کانٛہہ دِلبر نہٕ یاور
زمانس تێلہِ یہِ مُش ہاوُن سہل چھا

نظر یقرار، نظرٕے وُچھ تہٕ اِنکار
کھێنۍ کتھ پانس یہِ انٛزراوُن سہل چھا

ژوپاسے ہو تہٕ ہا ساگر کرکھ کیٛاہ
ترٛژر ویٚوٚ کھێتۍ یہِ وترٛاوُن سہل چھا





کۄنچھم مےٚ دوہے کۄنچھمُت ازتام رأوی رأوی
آمے نہٕ براہ کانہہ تہٕ شہر و گام رأوی رأوی

سنسان وتن پیٚوم پکُن ترٛہریہٕ قیامت
چنٛدٕ چھۄن چھُس منٛز بازٕرس صُبح و شام رأوی رأوی

بۄڈ اَس وہرِتھ میانہٕ ووجۄدُک یہٕ سِیاہ چاہ
چھِنٛدٕ ریومُت گوڈ تہٕ بێیہٕ انٛجام رأوی رأوی

ترٛوپرِتھ تھٔویم کن مگر شور بڈان گو
گو کیٛاہ نہٕ دوہے غاًب یہٕ میٚون بربام رأوی رأوی

## جگن ناتھ ساگر

نَے چھِ پیٚتِھکو دوہ شِہلو نَے چھِ شۄہج راتھ
کتہِ رۄدی تِم وِرٕ وار تےَ باغات مندورن

پڑتھ کأنسہِ پیٚتہِ ہمسوس گوٚڑھ ہمسایہِ اکھ آسُن
نَے رۄدی تِم چِلہٕ چاو نَے جذبات مندورن

وُچھ سأ چھِ وُہان زۄن دزان ہِری یہِ وزان واو
دارِن برن لیکھِتھ چھِ کم واقعات مندورن

ساگر ژٕ ءکتھِن ژھایہِ ہلبِن ہِری یہِ پڑٕ زلاوکھ
متہٕ ونتہٕ آءمتی باگہِ گئ حالات مندورن





مٲتی چھِہ از مستانن رأچھ
بۆچھی چھِہ از بھوج خانن رأچھ

لاشہِ گرو منٛز لاشہِ ژلان
تھو قبرن شُمشانَن رأچھ

ٲلو وۄتھِہ ہے تھۆد پرِد کتھن
تھٲوی نا بزٲری دوِد بانَن رأچھ

وتنے پٹھ ہیٛٹھی لر تژٲوِتھ
ٲر کٲی دیوان خانن رأچھ

رٕژِ رٕژِ سُنٛمبرِتھ اُس رٕژھرِتھ تھاٲوِمژ اکھ ستھ
وۄنمس نہٕ کٔنٛہیں ییٚلہِ سو ہے یہِ تہِ آم رأوی رأوی

خأرات منگن والہِ مٔہ سأ تُل مےٚ زخمن کرٕألی
کم دام چاوتھ ونتہٕ ژٕے یم جام رأوی رأوی

گٔنڈی تھرِ پیٚٹھے ژٕرِ چھُ یِوان زِندگی ہُند سوز
آدم چھُ مران گرِتے آرام رأوی رأوی

ساگر ژٕ باوان کیٛازِ چھُکھ وُٹھ زٕ وٕٹِتھ کتھ
ووٚلہٕ پکھ کتہِ یِن یور تِم گُلفام رأوی رأوی



اَپزُ ے دم خم اپزُ ے چھم
یِیتہٕ گُس کرِ بھگوانن رأچھ

وو ہے وو ہے ڈۄل بُتر أژٕ ے رنگ
ووتھ کر ووٗنی اسمانن رأچھ

برٕ یم گُیہِ تِم پھولناہ زاثہہ
توتہِ کر ژھرِنےٕ بانن رأچھ

ساگر گوناہ چھا خاب وُچھِنٕ
کر پٔننین ارمانن رأچھ



گرِ نیرِتھ کُس یِیِہ واپس
چھُنہٕ کانٛہہ سانٛبن جانن رأچھ

پھوٚپھُے گراکھ تے پھوٚپھے وونٛ
روزِ کُس تیٚلہِ پرمانن رأچھ

پیرو پیٚری تھٕوی سأمِتھ
کرِ وونٛ کُس استانن رأچھ

کُس اکھ ییٚتہِ چھُنہٕ دیانٛتدار
تیٚلہِ کتھ پٹھ بےٚ ایمانن رأچھ

اسمانہٕ وسہٕ نا مُلحِد دجال
حبسہٕ حبسہٕ کر اِنسانن رأچھ

یَس توٚگ تمٕی کوٚر نو نو ژھل
پتھ کالہِ أس شیطانن رأچھ

مےٚ کتہِ أس قٕسمتس بُتراتھ ژٕہج بیٚیہٕ لولہٕ ہوٚت آکاش
ژٕوواپاسے وُچھم ہیے برٕ گرٛشان أڈٕ پھٕلی گُلاب ٕکتیاہ

سمنٛدر دِل بنووُم، آزٕمووُم، زہرٕ گٔلی چووُم
پیٚپاسے باگہِ چھُم آمُت وُچھِم پدٕ پدِ سراب ٕکتیاہ

نہٕ اوسُم کانٛہہ خطا کوٚرمُت نہٕ اوسُم بُل چُکے گومُت
خبر کتھ پیٚٹھ نٕتھے چھِم ونان خانٕے خراب ٕکتیاہ

ژٕے ساگر خوٚنِ دِلہٕ ٕستٕمن رٕچھِتھ لاج پوٚشہٕ مرگن ہٕژٕ
ووٚنی کیاہ گو شیرٕ غم لوگُتھ ذرتھ گرٕ گرِ دولاب کأتیاہ



جگن ناتھ ساگر



گٔیم للوان اکھ وأنسا سِتم کٔتیٖاہ عذاب کٔتیٖاہ
خبر کٔیاہتام دِلس گومُت رچھان چھُم اِضطراب کٔتیٖاہ

خبر یٖمہٕ زِندگی ہُند معنہِ کٔمی کٔمی زون چھُ گٔس مولوٗم
مےٚ رأوی ازتام دوہے گٔنزراں ٹیٖنڈٕ بن پیٹھ یَم حِساب کٔتیٖاہ

گیہے کھوٚت سِری یہِ بُمہٕ ترٛ کرِتھ گیہے کھٕرٕ زون فالا فال
یِمو میٖانو أچھو ازتام وُچھی تِتھی اِنقلاب کٔتیٖاہ

یہِ میٖون ظأہِر، یہِ میٖون بأطِن دوہے روٗدی روزِ محشر زن
توٚے میٖانین سوالن منٛز کھٔژِتھ روٗدی یَم جواب کٔتیٖاہ

کلہٕ نۆ مرِتھ کتھ نہٕ کتھِ پیٛوم دیُن جواب
ییٚلہِ سوالا ترٛومس کیٛنژھہ ما وۄنُن

کر نہٕ وۄنم تارکن لاینٛز کمند
زُو وتن ووٚتھرومس کیٛنژھہ ما وۄنُن

یم سِتم، دۆربر، مژر بیٚیہٕ دردِ دِل
جِگرٕ پنہٕ نُے ہوومس کیٛنژھہ ما وۄنُن

چھُس ونان ساگر یہِ بس میٚونُے بٕتُر
چاکھ جامن دیوونس کیٛنژھہ ما وۄنُن





حالِ دِل ییٚلہِ بووَس کیٚنٛہہ ما وٕنُن
یاد رژھِ رژھِ پۄوس کیٚنٛہہ ما وٕنُن

سوٗزلہِ ہٕنٛدی رنٛگ ییٚلہِ مے دامانس جُرس
موٗختہٕ نالس چھووٗمس کیٚنٛہہ ما وٕنُن

ژیوٗٹھ اوٗنٕج گاٸِجم دوہے تسبیح پھِران
گُل ثواب پُشرومس کیٚنٛہہ ما وٕنُن

دوٗپ مےٚ شاید آزماوُن ما چھُس
پیش کش زُو تھوٚومس کیٚنٛہہ ما وٕنُن

نیرٕہن ارمان سأری یۄد ژٕ یِکھ
وولہٕ بہٕ ہاوے شأدی شاوے وق چھیا

دِل بوڈان ووتلان چھُم ون کیاہ کربس
وُچھ سأ دود ما آمہٕ تاوَے وق چھیا

زۄن تارکھ کیازِ لیٖڈرٕ یمتی چھِ از
ہیے کھٕٹِتھ کینٛہہ ما بہٕ تھاوے وق چھیا

چأنی کِنی ساگر دِوان ٲلو یم وبلاف
بڑوٗنٹھہِ کنہِ دفتر بہٕ تڑاوے وق چھیا





میٲنہِ دِلبرٕ حال باوے وق چھُیا
وولہٕ بہٕ جِگرٕکی داغ ہاوے وق چھُیا

چھُکھ نہٕ تھاوان زانٛہہ تہِ کن میٲنٛن کتھن
از اتھن ہٕنز رٕکھٕ ہاوے وق چھُیا

لوٚنچہِ گٔنڈی گٔنڈی تھٲوٕمتۍ چھِم کم سِتم
بوزٕکھا یم میٲنہِ گراوے وق چھُیا

باتھراں دِل بێیہِ بہِ أچھ پھوران چھِم
چھیا پزٕے چاٗنٛی آو آوے وق چھُیا

انزان وتن گوس پکان زانہہ تہٕ تھوٚکس ما
کانہہ شے نہٕ شیہلچ ووتھ پتھٕ بارانہٕ خبر کیٛاہ

کٔرِ لٹہِ رٔژم کھور تس جوٚرگس تہٕ منہٕ نوٚوم
پتہٕ میانہِ باپتھ موٚنگ امی استانہٕ خبر کیٛاہ

رأوم مے زبو ووذی چھُم نہٕ خبر کیٛاہ بہٕ بولان چھُس
فِکری نہٕ تران چھُم ونان جانانہٕ خبر کیٛاہ

ساگر وُچھِتھ نا کٔتی تارکھ لوٚسی اسمانس
ژرژان بہِتھ وُچھ بہٕ چھُس دیوانہٕ خبر کیٛاہ





یا ڈٲج مےٚ نظر یاثتہٕ گو وکانہٕ خبر کیٛاہ
کھوٚت بُتلہِ منٛزے یاثتہٕ ووتھ اسمانہٕ خبر کیٛاہ

کٲمۍ تام وون ووٚنۍ ییٚتہِ بہٕ کرکھ گاشہٕ زٕثرے غاٛب
کٲمۍ تام پردن ژھایہِ لیٚوکھ افسانہٕ خبر کیٛاہ

کٲمۍ اکی نہٕ کوٚرم کوچہٕ پھیُر کٲمۍ اکی نہٕ ڈٲجم وتھ
وُنہِ چھِم مےٚ ہاوان زُونہٕ کی سامانہٕ خبر کیٛاہ

ووٚنۍ سوثتہٕ کالس منٛز بناون اُنتجہِ کتبتھ اول
لٲر میٛانۍ باسان از ییمن وٲرانہٕ خبر کیٛاہ

ازتام مےٚ نےٚ زاثہہ تہٕ کاثہہ اتھ شرتہٕ گومُت اوس
تیٚلہِ کیٛاز یم شہمار ناحقے نال ولن چھِم

پھٔلو ژوٗر ژوپاٗری متے ٕمتٕ چھِ سزووٗل
از راتہٕ موغل راٗچھ پیٚتہٕ کھٕہن نہٕ کھلن چھِم

اسہِ اٗس پرٕزنتھ لل تہٕ بیٚیہٕ نُنٛدریوٗش قدآور
تیٚلہِ داغ دُیہٕ ہٕنٛدی از دِلکی تَم کونہٕ چھلن چھِم

ساگر یہٕ سفر کرٛیوٗٹھ کتھ پٹھ روٗٹھ مدنوار
از یار مددگار اکھ رژھ نہٕ سلن چھِم





امہِ ورزٕ واوے دارِ بر ازتام الن چھِم
کتھَن مےٚ روو ٹُلہٕ ترٛاو توَے زِوِ تہِ کلن چھِم

یِم سوچہٕ شہمار چھِم وجوٗدس از تہِ ترٛ وٕنٛپاون
چھَم زخم کِتیاہ سٔنز تہٕ گٔنز ئِلہِ ئِلہِ نہٕ بلن چھِم

ازتام وُچھم واو، وُنل، ڈوٗنٹھ شِشر ژہٹھ
از چھُس بہٕ آمُت ہہنہٕ یِم سِتارٕ ڈلن چھِم

سٔدٕرن بہٕ وۆتھُس ژھانٹہِ کھأرم وُپھ اسمانس
تیٚلہِ کونہٕ یِیَے شاپھ وُنیُکتام ژلن چھِم

یێلہِ آسمانن ہوو مۄژر بےٚ خوف وۄنس مے
ئیٚمۍ شاۓلی وُچھ ازتام تِتھی بارانٕہ خبر کتیٚ

ہُتھ یارِ بلس پیٚٹھ وُچھِم نا اکھ تہٕ تماشا
سۄرگہٕ مولہٕ ہواں دۄرگی کنان یارانٕہ خبر کتیٚ

برن چھِ دِتھ اتہِ تأری یلےَ دارِ مۄندورن
لبن تہِ لیکھی لیکھی آسی اتہِ افسانٕہ خبر کتیٚ

پۄرتھ دوہ وُچھُم کربلا پۄرتھ راتھ قیامتھ
ساگر وُچھِم بے بس اَمی انمانٕہ خبر کتیٚ





شہرٕچ یہِ رونٛق دِل وُچھِم وٲرانہٕ خبر ٕکتیٚ
یم نال ژھینٛمتیٚ، ژھینٛمتی دامانہٕ خبر ٕکتیٚ

مولیس چھُ سِیاہ رنٛگ مگر روے چھِ لیٚدرٕمتیٚ
امہِ حالہِ وٕتھمتیٚ مولہٕ وُچھِم دُردانہٕ خبر ٕکتیٚ

کُس چیز چھُنہٕ مٔژ بازرس ننہِ وانہٕ کُٔنن از
لتہِ وُچھ مےٚ کٕنٛز مُجہٕ مٔلی جانانہٕ خبر ٕکتیٚ

•

دارٕبن تہٕ برن تٲری خبر کیٛاِزِ اسن واو
پُرٛژھمس تہٕ ووٕنم ییٚتہِ چھِ از دیوانہٕ خبر ٕکتیٚ

تس گو یہِ اتھ شر نوٗرٕ مشعل آیہِ وجوٗدس
چھوکہِ دأوی کوٚ رمُت دِل مےٚ امارن چھُ زٕنہٕ رأژن

سٕدٕ رے مےٚ چیٚشمن منز چھُ از دامانہٕ گومُت سٕری
تَس کیٚاہ چھِ خبر پان کُس مارن چھُ زٕنہٕ رأژن

کتھِ کتھِ پیٚٹھ لس روشنگ عادتھ چھُ سبٹھاہ پزٕون
ووٕنی ہور دِلن اوش تَوے ہارن چھُ زٕنہٕ رأژن

معصوٗم یہِ دِل ساگر پیوان وُنہِ چھُ ما پالیس
شہہ شہہ کمہِ تام آشہِ وُنہِ کھارن چھُ زٕنہٕ رأژن





تَس کیٛاہ چھُ غم از کُس سنا پرارن چھُ زُنہٕ رأژن
گُلالہٕ دِٕلکی داغ ہٕتھ تھارن چھُ زُنہٕ رأژن

نالس جُرِتھ سوٗزول چھےٚ لتس بیٚیہِ موٗختہٕ دامانس
دیوانہٕ یہِ دِل لتس پتےٚ لارن چھُ زُنہٕ رأژن

نہَ چھُ رونہٕ گوڈُک ساز لےَ از شرٛونی چھُ دامانک
تیٚلہِ کیٛاہ سنا از دِل نِوان یارن چھُ زُنہٕ رأژن

اتھ زوٗنہٕ گاشس زوٗنہٕ ڈبہِ پیٚٹھ چوٗنہِ چھبس زوتان
کُستام موٗختس پن توے تارن چھُ زُنہٕ رأژن

کھٔژِتھ کیاہ ژٕ تھاوان چھُکھ پرٕدٕنے تل
پھُٹِتھ یِم نہٕ نیرن چھِ تِم راز بدٕلے

سو تو تے غلٲمی تہٕ اُس دِلبری اکھ
چھُ محمؤد بدل از تہٕ ایاز بدٕلے

یہِ گو انتہا چانہٕ لولُک سِتمگر
مگر وُنہٕ ژٕتبس چھُم سُہ آغاز بدٕلے

مخاٲلِف ہوا تام کری رہبری ووٚنی
ژٕ ے ساگر یہٕ ہاوی پرواز بدٕلے





دِلُک حال بدٕلے تہٕ آواز بدٕلے
چھُ از سوز بدٕلے تہٕ بیٚیہٕ ساز بدٕلے

یہٕ شفقتھ یہٕ نفرت، عداوت یہٕ موحبتھ
اما لول تہٕ بدٕلے تہٕ یم ناز بدٕلے

فقط چون موحبتھ عبادت چھےٚ میٲنی
جُدا میٛون سُجدٕے تہٕ نیٚماز بدٕلے

أچھن منز رٹنٔ چھا گوناہ کاںٛہہ تہٕ صوٗرت
مگر چھُس یہٕ بوزان از واعظ بدٕلے



سۄر پھۄلمُت لالہٕ زارن گٔرِ زِ کیٛاہ
کتہٕ سنا دِژ ژٕپٕھ بہارن گٔرِ زِ کیٛاہ
وأژ نے کتھ زانٕہہ وُٹھن تامتھ مگر
زبو دِژم نا اِد اِشارن گٔرِ زِ کیٛاہ
کس نہٕ پیٛیہٕ زانٕنی یہٕ وٕچ بُتھی پھِرے
کانٕہہ پژٕھان چھا دِل فگارن گٔرِ زِ کیٛاہ
وُچھ تہٕ کتیٛن باگہٕ آمٕژ بے کسی
ٲسی خطا کھارن سِتارن گٔرِ زِ کیٛاہ
چأنِ محفل، میٛون دِل شمع اکھ، پروانہٕ اکھ
اِمتحانا جان نِثارن گٔرِ زِ کیٛاہ
ہیٛوت اگر سو چُن دِلن تیٛلہٕ مارِ گو
ہنٕہٕ ییٛہٕ منز زأوِ جارن گٔرِ زِ کیٛاہ
وولہٕ دِمو ساگر نظر پزٕانین وتن
نتہٕ وُچھتھ ییٛمنے وُجارن گٔرِ زِ کیٛاہ



راوان راوان رأوِم دوہ رأوِم صُبح تے شام ولو

از وِبھیرِ ے ریٚہہ چھم ارمانن اکھ بژونژ مےٚ ما آرام ولو

بے زار یہِ دِل لاچار نظر چھُم اندری کیاہتام وِیٚہہ تیٚلن

سمیَس چھےٚ کیاہتام میأنی رِش سونس مےٚ کوٚرنم تژام ولو

ییٚتہِ رأوِم کم کم شام وسحر چھوٚن اسہِ ؤنہِ ہونٛجہِ پوم دامہِ زہر

گٔیہِ کرٛبکھ ییٚہےَ اِدِ گام و شہر گستام گو لیلام ولو

ییٚتہِ لہرو سٔدرُک وونت وڑنم واون وونم گُس داوس لوٚگ

ییٚتہِ کس کس چھےٚ کوس کوس دَگ للہِ وِنی کس چھُنہِ از سرسام ولو

ییٚلہِ قطرس قطرس پیٚیہِ کرٛیشُن ییٚلہِ أسِتھ نہِ آسُن پیٚیہِ ڈیٚشُن

ییٚلہِ خأٔلی پیالن پیٚیہِ پھیشُن تیٚلہِ ساقےِ بدل کیاہتام ولو

ییٚتہِ کس چھُنہِ ونسأ راون تیٚول ییٚتہِ ونسأ کس چھُنہِ گٔدریومُت

وہے رأوی ٔکتہِن شہر پنٕنی ییٚہہِ رأوی ٔکتہِن گام ولو

وونی کیاہ گو چھےٚ نہِ کُنہِ رأچھ کرِنی ننگس چھےٚ ننبدِر پرِ ننگس پیٹھ

نےٚ نب نےٚ بُتھرات پنٕنی ساگر تہِ بے بربام ولو

موٚدُر میٚوٗٹھ اێحساس واتُن چھُ مٲژلس
چھےٚ پکنس اندر اکھ الگ شادمأنی

چھےٚ جذبن تہٕ اێحساسنٕے دِنٛی پھوان زبو
پزٕر بوز یہِ چھُے حاصِل زِنٛدٕگأنی

طلب، بے قرأری تہٕ سیمأبٕی حالتھ
اَوے کِنٕز چھُ بوزُن پھوان لن ترٛأنی

رنٛگن ہُنٛد یہِ دُنیا رنٛگن تےَ ڈلن رنٛگ
رنٛگن چھا ساگر ژٕ وَن جاوِدأنی





وۅنۍ کٔمۍ تژر تےَ مژر گیہِ جوأنی
یہِ وۅشلُن یہِ تنٛبلُن گیاہ ناتوأنی

وُچھِم ؠکتۍ عالم اویزان زُلفن
یہُنٛد بار بر دوش ؠکتھٕ چھکھ ہیٚکأنی

مےٚ تھٔوی شمع زألِتھ تہٕ مدٕ واو وولُم
تتنے میٲنہِ آٔنگنۍ چھُ سوٚت سوٚت پکأنی

سٔدٕر ترٛیشہِ قطرن چھُ نا پانہٕ کرٛیشن
توَے ؠکنۍ چھُ ذاتس روٗدا منگأنی



چھُم چھوکہٕ لد دِل دیوانہٕ گوٚمُت چھُم کرٛیوٚٹھ یہِ دوٗربر پٮ۪ٲٹھ چھےٚ نا
پرٛے چأنی چھَم لےَ چأنی چھَم ینہٕ چانہِ زٕلم شر پٮ۪ٲٹھ چھےٚ نا

دمہٕ دمہٕ یہِ دِل بزٕمہٕ رووم نا موچھِ منٛز رٕٹتھ ڈٕنجہِ تھووُم نا
صبراہ کرُن ہنٛچھنووُم نا وولہٕ تھاوے یلہٕ بَر پٮ۪ٲٹھ چھےٚ نا

گُنہِ رنگہٕ شوقٕے ما تھامن کٔیاہ کرٕ دمہِ نا جامن چاکھ
لُکہٕ گیلن وُچھ سأ سہل چھِ ما امہِ چی مےٚ چھَم تھر پٮ۪ٲٹھ چھےٚ نا

لوکچار رٕنبہٕ وُن زن رٕنٛبو آر ژٕلہٕ وُن یاوُن زلہٕ وُن نار
آوارٕ دِلس چھُم چون امار للہٕ وُن مےٚ چھُم زر پٮ۪ٲٹھ چھےٚ نا



گژاو کرکھ گس گس تۀ واوس کیٛاہ ونکھ
گس وۆٚسۍ ییٚتۍ گیہِ نۀ ہاوس کیٛاہ ونکھ
کاٗنسہِ پیٚو شبنم تۀ پیٚیہِ کاٗنسہِ سۄرٕ دَگ
گُس اکھا ون لوٗگ نۀ داوس کیٛاہ ونکھ
گُس بہِتھ در پرٕدٕ گُس بدنام ٲسۍ
روزِ کوٗت تام کتھ یہِ چھاوس کیٛاہ ونکھ
سیٖنۍ ژٹہِ بُتراٗژ ونۀ، چھُس چارٕگر
لاگہِ توٚہمتھ زاٗژ ناوس کیٛاہ ونکھ
خوٗنۍ سٗرۍ ییٚتۍ کٔمۍ نۀ وُچھ یم کربلا
دیُت ہوا کٔمۍ کٔمۍ الاوس کیٛاہ ونکھ
لول برِ گس گُس تۀ پتۍ ازماوِ کس
لاٗرۍ ساٗرۍ ہاوِ بھاوس کیٛاہ ونکھ
ونتۍ ساگر کس کرکھ پڑھ بوزِ گُس
لوٗکھ ٹلنے ٲسۍ ژٔرۍ ٹاوس کیٛاہ ونکھ



یێلہِ تارکھ نَب گٔنڑراوُن پێیی    یِنہٕ کأنٛسہِ ونکھ یِنہٕ کأنٛسہِ ونکھ
یێلہِ گرِگرِ دِل سنٛبھلاوُن پێیی    یِنہٕ کأنٛسہِ ونکھ یِنہٕ کأنٛسہِ ونکھ

یہِ چھِ آسن گُنہِ رِتہٕ ساتِچ کتھ    ژیٚے ٔستھن اوس یہِ چھِ راتِچ کتھ
یێلہِ دِلبر ٔلو ازماوُن پێیی    یِنہٕ کأنٛسہِ ونکھ یِنہٕ کأنٛسہِ ونکھ

کرہمتھاہ کرگرہند تارکھ نبس    نتہٕ روزُن کیٛاہ بیدار شبس
یێلہِ شوقِٕ زانٛہہ منساوُن پێیی    یِنہٕ کأنٛسہِ ونکھ یِنہٕ کأنٛسہِ ونکھ

یێلہِ پزرس پێیہِ ییٚتہِ دارس کھسُن    یێلہِ وِدٕنس پێیہِ ییٚتہِ ناو اسُن
یێلہِ سُقراط بێیہِ زہر چاوُن پێیی    یِنہٕ کأنٛسہِ ونکھ یِنہٕ کأنٛسہِ ونکھ

حُسنُک یہِ مژر عشقُک یہِ تژر اکھ عالما اکھ مستی اندر
بارِنی چھِ پزٕ پأٹھی خیرو شر مےٚ چھِ سأرِے خبر پَژھ چھےٚ نا

تارکھ ژےٚ چھِی زُلفن جُرِتھ سوٗژول ژےٚ أندی أندی گتھ کران
وُچھتھے گو نا زوٗنہِ گِژر لوٚگ پھولنہِ سحر پژھ چھےٚ نا

شمع ونان بےٚ چھس دزان پروانہٕ ونان بےٚ زولنس
دونوے ونان گُدرن پتُن کأنسی نہٕ کھوچر پَژھ چھےٚ نا

چونُے سراپا نظرن تل چھُم راحت شِلس تے فرحت دِلس
زِژِ زول کوٚرُم چانِہن وتن بے تاب یہِ ساگر پَژھ چھےٚ نا





میٛانہِ دِلبرٕ ینہٕ مےٚ مٲشراوکھ تَتھ چھےٚ میٛانۍ دڑٕے
مارٕکن منٛز ینہٕ مےٚ منٛدٕچھاوکھ تَتھ چھےٚ میٛانۍ دڑٕے

چاےٚنۍ اکھ اکھ سیٛوٚد نظر چھَم لچھ کٲاہ گوٚ ابدٕ بوٚد
ینہٕ یہِ پڑٕھ میٛانۍ زانٛہہ تہِ ازماوکھ تَتھ چھےٚ میٛانۍ دڑٕے

چانہِ پڑٕتھ کُنہِ رأژ تھاوِم زوٗن تارکھ پہرٕ در
ینہٕ سأے پڑٕدبن زانٛہہ یہِ سِر باوکھ تَتھ چھےٚ میٛانۍ دڑٕے

اوٗش مےٚ چیٛشمن منٛز رٕچھِتھ تھوٚمُت ژےٚ کُیت اکھ موٗختہٕ ڈل
چھےٚ بتُر یوٚ دوے ژٕ گٲنٛزراوکھ تَتھ چھےٚ میٛانۍ دڑٕے

دِل ما چھُ کترِ و بُلہِ بٹھ ون    دِل ما چھُ للہِ ہُنٛد نلہِ وٹھ ون
ییٚلہِ اَستھ کھٔٹ کھٔٹ تھاوُن پیٚیی    پنہٕ کاُنسہِ ونکھ پنہٕ کاُنسہِ ونکھ

ییٚلہِ رِنٛدِ زاُنہہ اندگُن وُٹھ پھیٚشن    ییٚلہِ قطرس قطرس تم کرٛیشن
ییٚلہِ یتھ ہیٚوٗ زاُنہہ وتراوُن پیٚیی    پنہٕ کاُنسہِ ونکھ پنہٕ کاُنسہِ ونکھ

پنہٕ ساگر دارِ بر یلہِ تڑاوکھ    پنہٕ پننٕے طالع ازماوکھ
پنہٕ پانس پتہٕ پتراوُن پیٚیی    پنہٕ کاُنسہِ ونکھ پنہٕ کاُنسہِ ونکھ





خبر کیٛاز پردن تلے پان تھاون
توٚے کٔنز یہِ دِل میٚون راو ن چھُنا
مُلے از سُہ ما چھُم وُڈھے کُملاون
توٚے کٔنز یہِ دِل میٚون راو ن چھُنا

لوٚزر دیٛت مےٚ پانس تٔمِس حال بووُم
مےٚ پانے پنٔنے وُنن راوٕ رووُم
وتن پیٹھ سُہ اکھ اکھ کتھ میٲنی چھکاون
توٚے کٔنز یہِ دِل میٚون راو ن چھُنا

رٕچھِتھ اَسی مےٚ تھوٚوٕمتۍ ارمان کٔتیاہ،
مٔشِتھ گیہِ تٔمِس عہد پیمان کاٹیاہ
مشن چھامےٚ چھُس بٔییہِ تہٕ بٔییہِ یاد پاون
توٚے کٔنز یہِ دِل میٚون راون چھُنا

چانہِ چاوے ءسۍ شۆبھے میانِس دُنیاہس
پنہٕ پیہ کتھ زانہہ تہِ تھیکہٕ ناوکھ تتھ چھےٚ میانٔی دِژے

چانٔی صوٗرت چھُم اَچھن منز چھُم دِلس بس چون سرٛیہہ
پنہٕ پہِ موٚت دِل میون پھُٹراوکھ تتھ چھےٚ میانٔی دِژے

چانہِ پرتوٕ ءسۍ روزن کر چھُ ظُلماتس بُتھ
پنہٕ پُٹن روے زانہہ کھٕٹِتھ تھاوکھ تتھ چھےٚ میانٔی دِژے

چون ساگر چانہِ پنہٕ توشان کم کم سئز کران
پنہٕ یئنے وۄنی یور گُن تژاوکھ تتھ چھےٚ میانٔی دِژے





امانت چھم دِلچ دُبراے تٔمۍ سٕنٛز
مےٚ چھُم سرمایہٕ بس اکھ ماے تٔمۍ سٕنٛز
لوٚگُس واوس گٕرم ئلو کتھ جنٛوٕنٛچ
مےٚ اُس مولوٗم گٕرنۍ گوڈٕ راے تٔمۍ سٕنٛز
زُوٗن میٚونۍ یہِ میٚأنۍ آش دِلبر
مےٚ شیٚرتھ تھٔو اُچھن منٛز جاے تٔمۍ سٕنٛز
رٕچھن زُوگو رٔٹنٕۍ موچھِ منٛز یہِ وُزٕمل
بٕتُر گس ژالہِ زُلفٕچ گژاے تٔمۍ سٕنٛز
ژوٚپاسے روزِ محشر رژھ نہٕ راحت
شِہُل صحراوٕسے منٛز ژھاے تٔمۍ سٕنٛز
تٔمِس کھسہِ ٹارِ کیٚاہ لس کانٛہہ کمی چھا
وُچھان از واو چھُ پکنٛچ تژاے تٔمۍ سٕنٛز
سکوٕنٛچ کتھ کرکھ ساگر تہٕ ونہٕ نےٚ
چھےٚ پرٛتھ کتھِ یارٕ حاجتھ داے تٔمۍ سٕنٛز

مےٚ وۄنمس یہِ دۄربر ژالُن قیامتھ
ژےٚ روس اکھ شاہ چھُم کھالُن قیامتھ
گِنڈان چھُم بُمن تورِ چھُم زہر کھیاوان
توٗے کٔنز یہِ دِل میوٚن راون چھُنا

مےٚ روس نےٚ یوان اوس لتس وار سالس
سُہ گوٚژھ ییٚیہِ مےٚ سمکھُن منگان چھُس یہِ ذالس
یہِ ما داغ أندرِم چھُس کأنسہِ ہاوان
توٗے کٔنز یہِ دِل میوٚن راون چھُنا

سُہ رۄدُم سنان ہے دۄہے زأوی جارس
مےٚ ما ہأل ازلے اتھ اِنتظارس
سنا کیازِ چھُم چاکھ جامن مےٚ دیاون
توٗے کٔنز یہِ دِل میوٚن راون چھُنا

چھُ ساگر پران ییٚیہِ چانبن خطن از
سنان وارِ پأٹھن چانبن کتھن از
ونان ما چھُ کأنسی چھِہ ہم مشراون
توٗے کٔنز یہِ دِل میوٚن راون چھُنا





یٚیتہٕ چھُنہٕ کانٛہہ اکھ وارٕ ولو یارٕ ژلو دۄر
چھُکھ میٛون جِگر پارٕ ولو یارٕ ژلو دۄر

ہُم چھِ نٔنۍ پُزٲری وُچھتکھ یم چھِ ننی باگی
ونہِ کُس یمن ناکارٕ ولو یارٕ ژلو دۄر

نہٕ چھُ دزان زۄرِ شمع نہٕ چھِ دزان ژٲنگی
کُس درِ یٚیمہِ گٹہٕ کارٕ ولو یارٕ ژلو دۄر

دوہلی چھِ وُنگان ہۄنی کمہِ چالہِ گِنداں شال
آدم تہِ کمہِ خُمارٕ ولو یارٕ ژلو دۄر

ہُہ چھُ پٲرِتھ جامہٕ چھتی یہِ چھُ مٔلِتھ سۄر
کُس اکھ چھُ کمہِ انہارٕ ولو یارٕ ژلو دۄر

ونٛدس چھِ آساں تاپہٕ پھوتی سوٚنٛتس چھُ ہوان شین
پچھہٕ پھیُر گوٚمُت ٹاکارٕ ولو یارٕ ژلو دۄر

کیٛاہ کیٛاہ چھُ سپدان میانہِ رِنٛدے کُس نہٕ زِنٛدے موٗد
کُس موٗد کمہِ آزارٕ ولو یارٕ ژلو دۄر



میٲنہِ دِلبرٕ کینٛہہٕ پڑونُے تڑاو سأے
ہاو سأ از دِلبری بس ہاو سأے

وق چھُ بُتھی پھیُر کُنہِ موٗ دُر کُنہِ چھُ ٹیٖوٹھ
اِ چھُ صحراو کیٛنژہہ نہٕ کینٛہہ ووپزاو سأے

شش جہات اکھ حأرتھا سُہ تہِ خوش یِوٗن
کھسنہٕ بڑونٛہہ دارس پزر ژنٛزراو سأے

پان پوٗژرُ زأ لی تن زوٗن گرِن گتھ
بار گوٗب بس زِندگی وبتراو سأے

ژھوپہِ بنان سرتلہِ چھُ سون تی ونان
کُنہِ پیوان باوُن ژٕ موکھ مُژراو سأے

پوٗشہِ مرگےٚ رأو ووٗنی نمناس ژھنڈ
دِل پُژن پانے ژٕ ووٗنی وولساو سأے

یِن وُچھل وِہی تم مرژھلو ژہی بیٚہِ پیأری
ووتھ سأ ساگر دارِ بر ؤتھی تڑاو سأے

کینژن چھُ لۄگمُت مَس تہٕ وُچھان یم چھِ دوہلۍ خاب
کینژن ڈول سِتارٕ ولو یارٕ ژلو دۄر

سأری چھِ أسۍ آزاد مگر اسہِ چھُ پرٛژھان کُس
اسہِ ما چھِ ہنگہٕ طُمارٕ ولو یارٕ ژلو دۄر

تِمن چھُ از در دست کھُسُن گُر تہٕ وٕسنۍ ناو
یِمن نہٕ اوس بیزارٕ ولو یارٕ ژلو دۄر

سر فروشن ہُنٛد چھُ روزان زِنٛدٕ دوہے ناو
گَن تھَو دِل بیدارٕ ولو یارٕ ژلو دۄر

اکہِ دوہہ چھےٚ آسان اسہِ تہِ تھپہٕ تھپھ کأف ہنا بوش
پتہٕ اسہِ ونان خسارٕ ولو یارٕ ژلو دۄر

شام و سحر میۆن شۄبہٕ وُن وُچھ سأ چھُس آزاد
حأضِر بہٕ پرٛتھ دربارٕ ولو یارٕ ژلو دۄر

رتہٕ جامہٕ وٕلِتھ میأنۍ تۄأریخ ترٛاون اوش
کیٛتھ بُتھ ژٕے چھےٚ سمسارٕ ولو یارٕ ژلو دۄر

ازتام أخر چانہِ دٕسۍ نےٚ کانٛہہ تہِ اثر گو
تیٛلہِ کیٛازِ گۄے لرِپارٕ ولو یارٕ ژلو دۄر

کتھ کتھ گو لیلام کیٛاہ کیٛاہ گو نہٕ رأوِس تل
ہیٚمہٕ کیٛاہ بہٕ ییٚمہٕ بازارٕ ولو یارٕ ژلو دٔور

ترٛیشہٕ ہۆت میراب پۆتُس پھاسہِ کۄٹِس کھۆت
لۆگُس نہٕ اتھ کانٛہہ چارٕ ولو یارٕ ژلو دٔور

رۄدُس چھُ رل تیزآب، آبس زہر مِلناوِتھ
کۆرمُت کمہِ ویٚنتارٕ ولو یارٕ ژلو دٔور

گو قرنہٕ پھیُر ییٚتہٕ تارکن تامتھ چھُ لگان گرٛون
متہٕ تر تہٕ پرٛأنی تارٕ ولو یارٕ ژلو دٔور

أکِس چھےٚ نألی سۆنہٕ مالہٕ بیٚیِس نألی ہٕٹِس رز
محکۄم ییم بے چارٕ ولو یارٕ ژلو دٔور

کأمِل چھُ کاوان ناس نکہٕ وأری مأنکن تہٕ بیٚیہٕ اماس
کھۄژِتھ لیٚچھن کتھہٕ تارٕ ولو یارٕ ژلو دٔور

چیٚنے تہٕ کیٚنژن پیالہٕ پھُٹ کیٚنژن نہٕ پھٹان ترٛیش
گٔس دود کمو نارٕ ولو یارٕ ژلو دٔور

کیٚنژن چھُ سِنگاسن تہٕ کراں ژۄنژٕ ییمن واو
کیٛتاہ وُچھِم آوارٕ ولو یارٕ ژلو دٔور

# از چھُ ژئدن گُل ونان

بڑوٚنہہ وٚنیوِمےَ شاد چھُس یوٚتام چھُ عالم شادمان
وونؠ ونے کیٚاہ حالِ بدٕ گُس از بہٕ چیٚشمو چھُس وُچھان
ییٚتہِ گوٚمُت پانہٕ پانہٕ کانٛہہ نہٕ کأنٛسی وونؠ سنان
دِل گٔمتؠ سنگ نظرِ تنگ بیٚیہِ ٹیٚٹھ زہر ہِش زبان
تژلیش خوٚنچ پرٛتھ أکِس، پرٛتھ أکِس بدلےَ جوٚن
میٚأنؠ چھےٚ نہٕ باتھے ییٚتہِ مٔنز چھان از اکھتابہٕ زوٚن
رأومٕژ ییٚتہِ پرٛتھ چھِ سأرے ستھ کٔمِس ییٚتہِ کأنٛسہِ ہٕنژ
گَس چھےٚ ہمتھ یُس وٕنتھ ہیٚکہِ رأو ارزتھ وأنٛسہِ ہٕنژ
از چھِ الہِ پھالن تہٕ دژاتٕن ہیٚے گران تلوارٕ یِم
زیرٕ چھُ گُستامتھ دِوان معصوٗم گرٛہان ٹٔکؠ مارٕ یِم
اکھ جماتھاہ اکھ گٔمٕژ از نیٚکہٕ بدٕ نِشہِ بے خبر
یِم رچھان پنہٕ نبٕن ونان لوٚکن أسی چھوِ چارٕ گر
یِم کران منز رنگہِ بنٛگلن عیش و عشرت راتھ دوہ
یِم چھِ مَس مستی اندر ون کرہکھ کیٚاہ ہار پوٚد

"زِنٛدٕ روزٕنہٕ باپتھ چھِ مران لُکھ" یِی ونان رأہی
ووٛنی کُس سأ تُلہِ تلوارٕ ولو یارٕ ژلو دوٗر
رتہٕ دأوی وتن واے پکُن پیٛوم أزیٛکتام
کر کر نہٕ گوس آوارٕ ولو یارٕ ژلو دوٗر
بےٚ نیب مُنٛزٕ ی لن گوس پکان زاثہہ نہٕ کوٚڈُم تھکھ
ننہِ شوقہٕ سنہِ ویٚژارٕ ولو یارٕ ژلو دوٗر
ئلی آستانن دشہِ گنجیم پیرن تہِ رٔٹم کھور
طالع چھُ زوراوارٕ ولو یارٕ ژلو دوٗر
یمہِ ونہٕ کتیاہ جوٗگی وٗتھی ترٛأوِتھ چھِ سرپھ نائلی
کیاہ کیاہ وُچھِتھ دِودارٕ ولو یارٕ ژلو دوٗر
کم رنٛگ مےٚ ہأوِم بأزی گارن ہنگ ڈٔلِم نا
مُژُرن ییلہِ پٹارِ ولو یارٕ ژلو دوٗر
کم بأتھ تےَ لیلایہِ بیٛیہِ صوٗفیانہٕ لیٛوکھُم نا
کُنہِ کُنہِ لیٛوکھُم زارِ پارٕ ولو یارٕ ژلو دوٗر



روتُل پریشان تےَ دوہ ورفتار
منصوٗر ڈولان چھُ پٹھ دارِ ہے ییٚتھ
اویزان عیسیٰ چھُ صلیبس پٹھ ہوٚتیتھ
اسمان دأوی چھوکہٕ تہٕ بُتَرات دأوی رتہٕ یہٕ
مٔنز مرٕبن آدٕمی از رُح چھِہ ژٕمیٚتی
شکھدر رأچھ وتن لوٚگُمت ٹھاکھ کتھن
وأنٛج کوٗران چھِہ خوٚفکی ساعت یِم تہٕ
تاہ گرِتھ از تھوان لاشن کیٚازِ خبر
وٗہرِتھ أس ہِتھ تام گُم چھِہ پوٚچھیٚمتی
نبٛکلِتھ نہٕ کیٚاہ نِوان حرامس یِم پیٚمتی
از ہٕنز کأنسہِ پژہے نہٕ چھےٚ رأومٕژ ستھے
دم کی یارانہٕ چھُ ما اکھا کانٛہہ دِوان
موٗرن موچھِہ پھٕہن اِحٚساس یِہٕ چھُم أندٕری
زن وُنل نظرن تہٕ لٔجُمٕژ ہام وُٹھن
از ونٕ ہردِنٛی چھےٚ کالس سوٗنتہٕ گٕمٕژ
آشن ٹھوٗس لوٚگ تہٕ ژٕژٕ اڑٕ شوق گٔمتی
زمانس ژٕنڈ بُتھی لٔجُمٕژ ولنہٕ ننہِ چھےٚ

ژُری تہٕ ذُری یِہٕنٛدی گِنٛدان دیٚارن بیٚیہِ عأشا ژٹان

یِم ونان نوٗنس چھِ نابد چھِنہٕ خُدا خوفس ژٹان

ہاے یِم معصوٗم کران یِہٕنٛزن کتھن پٮ۪ٹھ اعتبار

عقلہِ کھش کرِناوٕی یِموٕے یِم چھِ شاطِر بیٚیہِ مکار

"کیاہ ژٔـے نیری پرنہٕ منٛز کیاہ پرٕتھ لیکھتھ کرکھ

وولہِ سأ ہاووے وتھ گژھکھ جنتس ونن چھس یٮ۪لہِ مرکھ"

ونتہٕ کیاہ چھِنہٕ بیٚیتہِ دزٕ وگیوٗمُت سرٕوگ فقط اِنسان گو

کارِبد بیٚیتہِ تِتھی گژھان رس کیٚسرِ وُچھ شیطان گو

یِم چھِ آٗمتی ہینہٕ ووزالن منٛز کوٚڈُکھ گونہو تہٕ ہیوٚل

یورکُن پٕچ رٕج گٕب اِدِ توٗری کُن پوٚک تیٚری کھیوٚل

کأشرٕبُت مشہوٗر یُس اوس عالمس بدنام گوٚو

ماے موحبتھ بأے بنٛدُتھ بیٚیہِ یزتھ لیلام گوٚو

اوس باغِ جنتھاہ بس رنٛگ برٕنگی پوٗشو برِتھ

وُچھ لُجس شاید نظر آیَس کُل پوٗشے ہٕرِتھ



ووزُل واو، انہِ گوٚٹ یہِ مُتیٚ آب وُچھ سأ

ژٕیٚہُن زاگہِ روٗزِتھ چیٚرن برٕژزبن ہوٚٹ

# فراق

دِلس چھَم رێہہ مےٚ از دِلدار روٗم
بہٕ ونہٕ کس کس مےٚ کُس سمسار روٗم

مےٚ زوٗنک شوق لسنُک جوش روٗم
أچھن سأنٛدت دبماغس ہوش روٗم
گُلےٚ گو برٕ تہٕ باغس پوش روٗم
وتن آم گھُر گۄتھن وبتار روٗم
دِلس چھَم رێہہ مےٚ از دِلدار روٗم

سٕہ بجرُک ڈوکھ ہِرن سرپوش روٗم
سٕہ تھرِ ہُنٛد گُل ڈلُک پمپوش روٗم
ژُھربر آم باگہِ دوٕہے سنتوش روٗم
مےٚ رویَس رنٛگ ڈول انہار روٗم
دِلس چھَم رێہہ مےٚ از دِلدار روٗم

سزووُل چھِ بیٚیہِ پڑأنۍ پأٹھۍ وُچھنہِ دڑأتی
خبر چھا لگو کوٚت پڑژھوے پڑژھو کس
نہٕ سونٛتُک گُمانے نہٕ آو آو بہارس
أچھن تل نژن چھِم ویٚلھتی سایہِ کأتیاہ
قیامت پدٕن تل تہٕ ارمان گُمراہ
وقت گوٚژھ نہٕ ٹھہرُن ہوا گوٚژھ نہٕ دم ہیوٚن
گژھُن گوٚژھ نہٕ ژٕری پیٹھۍ سألاب خُدایا
وُن گٲژھ آدمس بس یہِ گانٛگل ژٕلنۍ جل
نہٕ کرِ ہے گراوَے نہٕ کرِ ہے شِکایت



(نوٹ) ''پاڑدۍ ژٕہۍ'' صفحہ نمبر 14 ہس پیٹھ چھہٕ یمہِ نظمہِ ہُنٛد گوڈنیُک حصہٕ چھپیومُت۔ یتھ منٛز ژٕندن گُل شأعرس پزٕلنہِ زمانٛچ شیٚچھ خبر چھہٕ بوزٕناوان۔ نظمہِ ہُنٛد یہِ دوٚیم حصہٕ چھہٕ شأعرس أزی کہِ زمانٛچ حالتھ تہٕ اِنسأنی قدرن ہُنٛد مسمار نظرن تل انان۔ ساگر

کتھٕن مینٛچھر مژھیُل اتھواس روٗم
سٕہ وأقِف راز خاص الخاص روٗم
یہِ زُونک وہہ موٗدُر ایٚحساس روٗم
مےٚ منٛز بٔجرس توٕے لوکچار روٗم
دِلس چھَم ریٛہہ مےٚ از دِلدار روٗم

سکوٗن روٗم دِلُک آرام روٗم
ہرُد ژام باغٕسے گُلفام روٗم
مےٚ روو سورٕے سُہ دِلبر یام روٗم
شِلس چھَم دگ ویٛکھٕرِ، مِلرٛار روٗم
دِلس چھَم ریٛہہ مےٚ از دِلدار روٗم

ژوٗلُم روٗشتھ تہٕ وونی منہٕ ناوِ کُس تس
یہِ میأنی حالتھ اما تتہِ بھاوِ کُس تس
سوٗگھکی تم دوہ ژٕتبس وونی پاوِ کُس تس
وٕنبس کُس وونی مےٚ کُس شیٛچار روٗم
دِلس چھَم ریٛہہ مےٚ از دِلدار روٗم

جگن ناتھ ساگر

مےٚ رأژِم ستھ سٕۂن انٛجام رووُم
زُوُن رووُم صُبح تے شام رووُم
وونم ما کأنٛسہِ کیٛاہ ازتام رووُم
غمو لٔب زِیو وُچھُکھ غمخار رووُم
دِلس چھَم ریٚہہ مےٚ از دِلدار رووُم

سوکھُک آگُر دوکھُک دمساز رووُم
بہٕ گوس پرٕژھیٚون پٔژن ہمراز رووُم
مےٚ زُونُک سوز تے انداز رووُم
زخم چھِم سٔنٛز یمن بُلغار رووُم
دِلس چھَم ریٚہہ مےٚ از دِلدار رووُم

صبر رووُم تہٕ بیٚیہِ برداش رووُم
ستھےٕ رأژِم أچھن ہُنٛد گاش رووُم
نظر شاید لٔجم یُتھ راش رووُم
دِلُک تسلے رٕسیُٛل گُفتار رووُم
دِلس چھَم ریٚہہ مےٚ از دِلدار رووُم

جگن ناتھ ساگر

یہٕ گوٚو أسِتھ کرِتھ حأران سَپدُن
یہٕ گوٚو بوٗزِتھ وُچھِتھ انزان سَپدُن
بژٕنژٕ بن منز أتھی ونان وأران سَپدُن
زدل چھم ناو تہٕ سٕدٕرس تار رووُم
دِلس چھم ریٚہہ مےٚ از دِلدار رووُم

ووفا سمسارٕنے کوٚر کس سأ ازتام
ویوٚ کھُت آغاز اتھ ویوٚ کھتےٚ چھُ انجام
مران کِتیاہ چھِ کر گوٚو موٚت بدنام
یژھن ٕکرشن کتھن ہُند سار رووُم
دِلس چھم ریٚہہ مےٚ از دِلدار رووُم

غضب گوم، گوم نا مِسمار خابن
بہٕ کیاہ باوے مےٚ ڈوٗل انہار خابن
نہٕ تأپیرٕ نہٕ کانہہ ایتبار خابن
گیٚم رتھ بانہٕ زیو اِظہار رووُم
دِلس چھم ریٚہہ مےٚ از دِلدار رووُم

سُہ پیِیہِ نا ہاے تیُتھ رُت ساتھ پیِیہِ نا
شَہج تےَ بیٚیہِ رسج وہراتھ پیِیہِ نا
سُہ پھولہِ وُن صُبح ڈلہٕ وِنٛی راتھ پیِیہِ نا
دوٚہن، ہفتن، رٕتبس شُمار روُوم
دِلس چھُم ریٚہہ مےٚ از دِلدار روُوم

گرٕھسم یوٚد ژٕری پیٚنس کُس نظرِ نیرہٕم
مےٚ کُس ووٚنی جامہٕ پأرہٕم تھال شیرہٕم
چھےٚ کس میأنی دٔگ یُس پتہٕ پتہٕ مےٚ پھیرہٕم
شَہج ستھ بیٚیہِ موٚدُر وِوہار روُوم
دِلس چھُم ریٚہہ مےٚ از دِلدار روُوم

زٕخم چھِم واریاہ رِتھٕ پأٹھی ہاوس
بہٕ کیٛاہ باوس تہٕ کیٛاہ کیٛاہ یاد پاوس
لگان رِتھٕ پأٹھی دکن دولن تہٕ داوس
بہٕ ونہٕ کمہِ آیہِ ونہٕ نَس وار روُوم
دِلس چھُم ریٚہہ مےٚ از دِلدار روُوم

غمٕے باسان مےٚ بڑٕ کھوتہٕ بڑٕ عنایت
غمٕے بخشان خیالن چھُم مےٚ وحدت
دِہاغس ہوش دِلس چھُم غم وراثت
رٕچھِتھ تھوٚو نا مےٚ غم غمگُسار رووُم
دِلس چھُم ریٚہہ مےٚ از دِلدار رووُم

منگان روزے دوہے صُبحس تہٕ شامس
ژٕ دِتہٕ وونی جاے تس منز پرمہٕ دامس
بہٕ چھُس وومیدوار چانِس انعامس
مےٚ چونے زانہہ تہِ ما اعتبار رووُم
دِلس چھُم ریٚہہ مےٚ از دِلدار رووُم

ژٕ چھُکھ مالِکھ زمینس آسمانس
ژٕ چھُکھ مالِکھ زُوس، جانس، جہانس
ژٕ پھولراو گُل وونی تتھ شُمشانس
ونان ساگر یِتھ گرٕ بار رووُم

---

(نوٹ) میٲنی خانہٕ دارِنی شریمتی دُرپدی کول المعرف رانی سپٕز 24 نومبر 2012ء شام 9 بجے میڈیکل کالیج جیٖمہِ سورگہٕ واس۔ اتھ عظیم صدمس ابدیت دِنہٕ غرضہٕ لیچھ مےٚ بہٕ عنوانِ ''فراق'' یہٕ نظم۔ ساگر



# Brehil Brienz

## Kashmiri Poetry Collection

**by:**

**Jagan Nath Sagar**

''ساگر صائبٕنۍ شاعری چھےٚ واقعی تمن ژلونٕن ژِہن ہنٛز امانتھ یم موچھِ منٛز رٕٹنۍ مُشکِل چھِ مگر یِہنٛد گاہ چھُ خیالن ژوپأری گاشراوان۔''

ڈاکٹر اومکار این کول

''ساگر صائبٕن تجرُبہٕ چھُ صرِف اؤہُنٛد تہٕ یِہنٛدِس أندی پکھِس کیٛو معاشرس ستۍ یِہنٛدِ رِشتٕچ تہٕ رٕوی تِچ عکأسی کران۔ ساگر صائبُن چھُ نظمن منٛز موزوٗنیت تہٕ بحر بندی دوشوےرٕچھِتھ یِہنٛدِس سہل ترسیلس فوقیت دِژٕمژ۔ ساگر صأب چھُنہٕ کتھ ورل یاوٕٹھ محاورس منٛز پیش کرنس منٛز یقین تھوان۔''

ڈاکٹر رتن لال شانت

''ساگر صائبٕن اندازِ بیان چھُ سیوٚد تہٕ سادٕ آسنہٕ علاوٕ شود تہٕ صاف تہٕ، یتھ منٛز روایتی تہٕ جدید تِچ منہٕ پژٕ أمیزِش قأری یَس پانس کُن متوجہ کرنٕک جان بٕتُر چھِ تھاوان۔ ساگر چھُنہٕ ابہام گوئی حدٕ نبر ورتاوان البتہٕ چھُ اِستعارٕ تہٕ علامژن ہنٛدی موزون ورتاوٕ ستۍ شارس اکھ نوٗر بخشان ییٚمہِ کِہ برکتہٕ تسٕنٛد بٕن تخلیقاتن عوامی پذیرأیی حدٕ کھوتہٕ زیادٕ میلان چھِ۔''

اوتار ہُگأمی

Date : 2018

Price : 300.00

Taj Printing Services